ہندستانی ادب کے معمار

# رحمان ڈار

مصنّف

ڈاکٹر بشر بشیر



ساہتیہ اکادمی

سرورق اَندری کنہِ یمہٕ سنگ ترأشی ہندِ نموٗنچ تصویر چھےٚ، تَتھ منز چھ ترٛے
جوتشی بھگوان بُدھ بنٛنہٕ ماجہِ مہارأنی مایا ہندِس خوابس تأبیر کران ہٕتہٕ تِمن
بوٚنہٕ کِنہِ چھُ اَکھ کأتب بہِتھ تأبیر لیکھان۔ یہِ چھےٚ شاید ہندوستانٕس منز
لیکھنہٕ کہِ فنچ قدیم ترین تصویری مثال۔

(ناگ ارجن کونڈا۔ دوٚیم صدی عیسوی)

بشکریہ نیشنل میوزیم نئی دہلی

*Rahman Dar* : A monograph written in Kashmiri by Basher Bashir on the Kashmiri Poet. Sahitya Akademi, New Delhi (2003) Rs.25.


گوڈنیک ایڈیشن ۲۰۰۳ء

# ساہتیہ اکادمی

**ہیڈ آفس :**

روبندر بھون۔ ۳۵ فیروز شاہ روڈ، نئی دہلی ۱۱۰۰۰۱

**سیلز آفس :**

'سواتی'، مندر مارگ، نئی دہلی ۱۱۰۰۰۱

**علاقانی دفاتر:**

جیون تارا بھون، ۲۳ اے/۴۴ ایکس، ڈائمنڈ ہاربر روڈ، کولکاتا ۷۰۰۰۵۳

۱۷۲، ممبئی مراٹھی گرنتھ سنگھرالے مارگ، دادر، ممبئی ۴۰۰۰۱۴

سینٹرل کالج کیپس، ڈاکٹر بی۔ آر۔ امبیڈکر ویدھی، بنگلور ۵۶۰۰۰۱

سی۔ آئی۔ ٹی۔ کیپس، ٹی۔ ٹی۔ ٹی۔ آئی۔ پوسٹ، تارامنی، چینئی ۶۰۰۰۱۳

ISBN 81-260-1744-9

Rs.125

Printed by R.K. Offset Process, Naveen Shahdara, Delhi-32

# ترتیب

# دٕسلابہٕ

''رحمان ڈار'' چھُ اکھ اہم کأشر صوٗفی شأعر۔ کأشرِ شارٕ ادبہٕ کِس توأرٖیخس مُتعلق یُد وے کاتھہٕ موخصر خاکہٕ تہٕ پیش آسہٕ کرُن سہٕ آسہٕ رحمان ڈارنہٕ یا کم ازکم تمہٕ سنز ''شش رنگ'' ناوچہِ لازوال نظمہِ ہُند ناوہہنہٕ ورأے نامکمل۔ تِکیازِ یہٕ نظم چھےٚ کأشرِ شأعریہٕ ہندِ اکہ اہم دورٕچ ترٕتہ نظم یوٚسہٕ پننہِ موضوٗع، فن، ہونرِ تہٕ اندازِ بیان کنہٕ لوٗکن منٛز بردست مقبوٗل چھےٚ۔ کأشرِس منٛز یُد وے ادبی تنقیدک سرمایہ بوٗزِ تھےٚ چھُ تاہم چھےٚ رحمان ڈارنہٕ امہِ نظمہِ نقادن پأنس کُن گل کڈٕ موٗ تہٕ شاید چھنہٕ بیٚیہٕ کُنہِ صوٗفیانہٕ نظمہِ تتھ کنٛز مولانکہٕ وَن سپٕز ہوٚ یتھ کنٛز اَتھ نظمہِ پٹھ کتھ چھےٚ کرنہٕ آمٕژ۔ مگر حأرانگی ہنٛز کتھ چھےٚ یہٕ زِ امہِ کِس تخلیق کار رحمان ڈارس مُتعلق چھنہٕ از تانٛی پزنہٕ پأٹھی خاص کینٛہہ لبھنہٕ آمُت ییٚمہِ کہِ چھہِ تمہِ سنٛدی حالاتِ زندگی تہٕ ازتانٛی رأدِس تَل۔ مےٚ ییٚمہِ ساتہٕ ساہتیہ اکیڈمیہٕ ہنٛد طرفہٕ رحمان ڈارس مُتعلق مونوگراف لبھنہٕ خأطرٕ چِٹھی وأژ بہٕ گوس دُکلہِ۔ اکہ انٛدٕ سوٗچُم یہٕ زِ امی بہانہٕ دِمہٕ بہٕ رحمان ڈارِنس تتھ کلامس پھیٚر یُس لوٗکن یاد چھُ یا کُنہِ کُنہِ چھپیو مُت چھُ مگر تمہِ سنٛزِ زندگیہِ مُتعلق یتھےٚ مےٚ کتابن منٛز مواد تلاش ہیٚوت کرُن لتہِ باسےٚ یہٕ مےٚ پنٛز بتھ

کاشہٕ کتھ تھٕنہٕ۔ تمہِ کنہِ باسیو وٕنے یہِ زِمیاٗنی تِچھ تِچھ گوٚو شاید لِنٛد ہیتھ بے کار۔ ساہتیہ اکیڈمیہِ ہِنٛدی موٗجوٗدٕ کاشُرِ زباٗنی متعلق لِڈٕ وایِز ر جناب پروفیسر مشعل سلطان پوری صاٗبن یِیلہِ نے اتھ متعلق رکھو پھرِ پرٛژھ نے ہیٚو کنہٕ تِمن انکار گرِتھ اما پوز تِتی ؤنی مکھ پنٕنی مجبوٗری تہٕ خاص کرِتھ یِیلہِ از کل کٔشیرِ منٛز اور یور زیاد پھیرُن تھوٗرُن تہٕ کرٕ وٕتھِ پہن چھُ تہٕ سرکاٗری ملازمتٕچہِ ذِمہٕ داٗریہِ سٕتی سٕتی کانٛہہ بس منٛز کُنہِ سہِ نفرس بیٛٹھ اکہ شعبک بارٕ اٗستھ مختلف جاین واتُن مشکل چھُ۔ تِمو وَنہِ مے ذکتھِ اول یہِ زِ اگر نہٕ اٗسی یہِ کاٗم از کرٕ دِیتہٕ کُس کرِ یہِ کاٗم۔ تِکیازِ سون سُہ علمی مواد تہٕ سرمایہ یُس وُنہٕ رأ وِس تل چھُ سُہ چھُ وارِ وارِ ضایع گوھان دوئیمِ یہِ زِ تحقیق چھُ اکھ مستقل عمل ممکن چھُ اٗمس بہلہِ پایہِ شاعرس متعلق یمن لوٗکن نِیِہ کیٛنٛہہ معلومات آسَن تِمن لگہِ وُنِس تہٕ تِم ہِن نوٚو گتھِ ہیتھ بڑوٗنہہ کُن۔ پزر چھُ یہِ زِ مشعل صاٗب نٔے مے اَتھ کامہِ پتہٕ روز ہٕن یہٕ ماتراوہا یہِ اڈٕوانی۔ یہِ مونوگراف لِکھنہٕ برٛونہہ کرِ مے بِنٛیہِ تہٕ کیٛنٛژون دوستَن سٕتی کتھ۔ تہٕ مے باسیاو زِ پزی چھےٚ گتھ گتھِ سٕتی کتھ نیران میاٗنِس اَکِس عزیز دوست ڈاکٹر آفاق عزیزٕن وَنُن چھُ زِ تٔس نِنیو وزِ یُس کلامہِ اٗسی رحمانٕ ڈارنِس کھاتَس چھِ گنڈان تمہِ منٛزٕ کیٛنٛہہ بأتھ چھِ کھٕرٕ وشارکس رحمان ہٕنٛزٕ۔ کٔر ہِنٛدِس بیانَس منٛز کوتاہ پزر چھُ تہٕ تَنہِ کٔر سُند تحقیق بڑوٗنہہ کُن نیتھ۔ یہے گتھ یِیلہِ مے محترم محمد یوسف ٹینگ صاٗبَس ؤنی تِمو ووٚن زِ تِمو چھےٚ یہِ کتھ بوٗزمٕژ ہو مگر یُس کلام از تانی رحمان ڈارنہٕ ناوٕ چھپیو مُت چھُ یا اٗسہِ بوٗزمُت چھُ سُہ یُدوے بیٛیِس کاٗنسہِ شاعرٕ سُند تہٕ آسہِ توتہٕ چھُنہٕ تمہِ شاعریہ ہٕنٛز اہمیت کُنہِ لحاظہٕ کم سپدان۔ گوڈٕ رحمان ڈارس متعلق پیٚو مستحکم زباٗنی روایت مسترد

گَرٕنۍ تہٕ چھےٚ مُشکل کتھا سُتہٕ ییٚلہِ اَمس شاعرٕ سٕنٛز ترٛیٚیمہِ یا ژۄرمہِ پیٚرِ ہٕنٛدۍ زُرۍ زِنٛدے چھِ۔ خاَرسانہِ ییٚمہِ کوٗششہِ ستۍ اگر ژٕنۄس تحقیقس دَس ووتھِ سو تہٕ آسہِ ساٹنۍ کامیابی۔

ساہتیہٕ اکیڈمیہِ طرفہٕ مونوگراف لبھناونک مقصد چھُ یہِ زِ ہندوستانچن علاقٲیی زبانَن ہنٛدبن اہم لکھن والین متعلِق پٮ۪ن تعارفی نۆوِ یِژٕ ہنٛز کتابہٕ لبھنہٕ تہٕ پَتہٕ یِمن دۄیمن زبانَن منٛز ترجمہٕ کرِتھ سپد باقیٕ زبانہٕ زانَن والین یِمن لکھاربن تہٕ تِہنٛدبن کارنامن ہنٛز زان۔ بہر حال چھِ تِتھۍ مونوگراف وارٕ یٹھس حدس تانۍ تعارفی نۆوی یِژٕ ہنٛدۍ آسان۔ مےٚ کرٕ کٕنہٕ حدس تانۍ یہٕ کوٗشش تہٕ زِ پٔژن یہٕ مقصد پوٗرٕ کرنس ستۍ ستۍ گوژھ یہِ مونوگراف کاشرِ ادبہٕ کِس عام طالبہٕ علمہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ تہِ فایدٕمنٛد ثابت سپدُن تہٕ کینٛژن نوکتن پیٹھ کرٕم ہنا تفصیلی کتھ تہٕ۔ ووٚمید چھم زِ پرن والین یِیہِ میٲنۍ کوٗشش پسند۔

ڈاکٹر بشر بشیر
این ۴۔ تُلسی باغ سرینگر

٢٧ ستمبر ٢٠٠٢ء

دریاپہٕ معلق چھُے اویزان
وُچھتہٕ گژھ ماران
شبنمہٕ پیٹھ گُل پھوٚلی بیک ساتھ
وَنتہٕ تہِ کیٲہ گوو؟



# رحمان ڈارنِہ زندگیہ متعلق کینٛہہ کتھ

رحمان ڈار چھُ کأشرِ شارٕ ادبہٕ کِس تواریخس منٛز اکھ روتبہٕ وول شأعر یُس بقولِ ناجی منور تہٕ شفیع شوق صوفی شاعرن ہِندِس صفس منٛز فنی پختگی تہٕ تجربن ہٕنٛزِ نٕدرِ ژ کِنۍ اہم ترین شأعرن منٛز گنٛزراونہٕ چھُ یوان۔ تہٕ أسہِ تہٕ چھِنہٕ رحمان ڈارنِہ زندگیہ ہِندۍ حالات دستیاب تہٕ ازتأنۍ تہٕ چھنہٕ اکۍ ہِندِس زاسنس تہٕ تاریخ وفاتس متلق کانٛہہ کتھ شبقہٕ۔ پروفیسر محی الدین حاجنی یَن چھُ کأشرِ شأعری منٛز یُہنٛد سَنہ وفات ۱۹۰۰ءٕ لیوٗکھمُت ییٚلہِ زَن عبدالاحد آزاد لِکھان چھُ زِ تِہنٛدِس ییٚمہِ عالمہٕ گوٚھنَس (تأریخِ وفاتَس) مُتلق ہیٚوکنہٕ صحیح اطلاع حأصل سَپدِتھ۔ البتہٕ چھُ سُہ بقولِ آزاد محمود گامین ہُم کال شأعر اوسمُت۔ چمن لال چمن تہٕ بشیر اختر چھِ اوحال نامَس منٛز لِکھان زِ ''سُہ چھُ اَکھ پایہٕ بوٚڑ صوفی شأعر گذریوٗمُت۔ أمۍ سُند زاسنہٕ چھنہٕ مولوٗم۔ دَپان یہِ اوس محمود گأمی یَس ہم عصر تہٕ ۱۸۹۷ءٕ اندر گوو چھوٚکہِ بَلہٕ رحمت حق'' امین کامل چھُ لِکھان زِ رحمان ڈار اوس محمود گامین ہم عصر۔ بۄ ونٛہہ کُن چھُ سُہ آزاد صابُن یہِ بیان نقل کران زِ ''رحمان ڈارس اوس اکھ نیچو

حبیب ڈاریُس پانہٕ تہٕ شاراوس وَنان ۔ سُہ (حبیب ڈار) چھُ ۱۸۹۷ءٕ اندر
ہیوٚوفات لبان'' ۔ آزادنہٕ اَمہِ بیانہٕ کس تناظرس منٛز چھُ کامِل صأب حأجنی صأبُن
درج کوٚرمُت رحمان ڈارُن تاریخ وفات ۱۹۰۰ءٕ مُسترد کران ۔ موتی لال ساقی
چھُ کأشُر صوفی شاعری (جلد اول) منٛز اوحال نامَس منٛز دِنہٕ آمُت رحمان ڈارُن
سَنہٕ وفات درج کرنہٕ پَتہٕ لبھان زِ یہِ چھُ دراصل ڈارسٕنٛدِس نِچوِی سُند مَرن سَنہٕ تہٕ
میٲنہِ یانے موتی لال ساقی نہِ تحقیقہ موٗجوٗب چھُ رحمان ڈار ۱۸۷۲ءٕ تہٕ ۱۸۷۵ءٕ
درمیان ییٚمہِ عالمہٕ گوٚمُت ۔ محفوظہ جان چھےٚ شاہ قلندرناوِکس ساہتیہ اکیڈمیہ طرفہٕ
چھاپَنہٕ آمتِس مونوگرافس منٛز شاہ قلندرنٛن ہم عصرن ہنٛز کتھ کران حاشیَس منٛز
رحمان ڈارن زأسنہٕ ۱۷۷۵ءٕ تہٕ مرن سَنہٕ ۱۸۸۵ءٕ درج کران ۔ یتھ کنۍ چھنہٕ
رحمان ڈارنِس زاسَنس یا مرن وٕری یَس متعلق محققن ہنٛز رایہِ پانہٕ وأنۍ رَلان
ماسوایہِ یہِ کتھ زِ سُہ اوس محمود گأمیُن ہم عصر ۔ ییٚلہ زَن یہِ کتھ عبدالاحد آزادن
''کشمیری زبان اورشاعری'' منٛز تعارفہٕ رٕنٛگی لیٚچھمُو چھےٚ ۔ آزاد چھُ لبھان زِ سُہ اوس
صفا کدلہٕ روزان ۔ تہٕ باقٕے سأری تذکرٕ نگار چھِ تمۍ ہنٛز روزن جاے چھوٚ بل
لبھان ۔ تہٕ حقیقت چھےٚ یہِ زِ ییٚمہٕ دوشوے کتھ چھےٚ پَنٕہ پَنٕہ جایہِ صحیح تِکیازِ رحمان
ڈار چھُ دانا مزارس نکھٕ بیٚیِس أکِس لوکٕٹِس مزارس منٛز دفن تہٕ أتھی نزدیک چھُ
تَسنٛد آبایی گھر تہٕ ۔ تہٕ یُہ ییٚلہِ اورگوس أتہِ یمِ بزرگ سٕمکھی تِمو ووٚن زِ رحمان ڈار
یَتھ مکانَس منٛز روزان اوس سُہ اوس تٕہنٛدِ خأطرٕ تِھندبو طأربو بنووٚمُت تہٕ تَسنٛد اکھ
وارث غلام محی الدین ڈار المعروف مَمٕدی ڈار چھُ وُنہٕ أتھی مکانَس منٛز بسان یُس
ووٚنی وارٕ وارٕ آوٕ سیوٚمُت چھُ ۔ أتہٕ أندۍ پکۍ ہمسایہ زٕ ٹھی زانن رحمان ڈارُن ناوتہٕ

ووٚنکھ زِ ٲسہٕ چھُ اکھ باکمال صوٗفی شاعر اوسمُت البتہٕ تَسٕنزِ زِندگیہِ مُتعلق ہیٚوٚ کُنہٕ تِمو کیٚہنٕہ زیادٕ وَنِتھ ۔ بٕہ گوس خواجہ غلام محی الدین ڈارُن گھرٕ ۔ یہ شخص آسہِ قریبن شیٚتہٕ وَہرِ ۔ مألی اعتبارٕ غریب آسنہٕ تہٕ صحتہٕ کِنۍ کمزور آسنہٕ باوجوٗد یِتھ کِنۍ ٲسہٕ مےٚ پیش آو تمہِ کِنۍ باسیاو مےٚ زِیُد وے یِہُند گھرٕ ووٚنۍ صرف یِہنٛدۍ زانۍ کارے یوان آسن مگر تَسنٛدِس لوکچارس تانۍ تہِ ما آسہِ ہے یِہنٛدِ گھرِ لوٗکن ہنٛزٕ رُج آسان ۔ کُنہِ خاص اہتمامہِ ورأ ے تہٕ مےٚ مُتعلق زیادٕ کیٚہنٕہ زانُنہٕ روٚسٕتۍ اُنِکھ مےٚ چاے ۔ برابر تِتھے کِنۍ یَتھ کِنۍ کُنہِ مُتۍ منٛڈٕلس پٕتھ ٕپنہٕ وإٔلس تہِ کینٛہوا پیش چھُ یوان کرنہٕ یہِ موٗجوٗد آسہِ ۔ مگر منٛڈیلہِ بَدلہٕ اوٗسس ٲ بہٕ اَتہِ گُنۍ زوٗن بیٚیہِ رحمان ڈارُن یہ وارث غلام محی الدین ڈار' تَسنٛز آشنۍ تہٕ تَسُنٛد اکھ نیٚچو ۔ میٚہ یِیٚلہِ تَس رحمان ڈارس مُتعلِق کیٚہنٕہ سوال کٔرۍ ٲسہٕ ہیٚوٚ کُنہٕ تَسلی بخش جواب دِتھ ۔ صرف یہِ گٔتھ زِ ٲسہٕ چھُ صاحبِ حال بُزرگ اوسمُت تہٕ تِمۍ چھےٚ وار یہہ شاعری کٔرمٕژ یمہِ منٛزٕ کم قلیلا تِمۍ نوٚن کڈٕنک اجازت اوس دِیُتمُت ۔ پَتہٕ یِیٚلہِ میٚہ کیٚہنٕہ اورچہ یورچہِ گٔتھ کٔرِ تِمۍ وَنہِ نبشوٗنک پأٹھۍ رحمان ڈارس مُتعلِق کیٚہنٕہ گٔتھ ۔ یِمن ہُنٛد خلاصہٕ یِتھ پأٹھۍ چھُ زِ رحمان ڈار چھُ از بژٕ ونہہ اکہ پَلہٕ زٕ ہَتھ وٕری گُذریومُت ۔ (یُس تَسنٛد محض اندازٕ مانو) رحمان ڈار اوس لوکچارے پَنہٕ نِمن باقۍ ہمسایہِ شُربن ہِنٛدۍ پأٹھۍ کھنٛڈ واو کامہِ (شال ووٚنۍ) تژ اونہٕ آمُت البتہٕ تَس اوسنہٕ اَتہِ زیادٕ دِل لگان تہٕ نہ اوس ٲسہٕ کامہِ پٕتھ ڈأ ڈہب کان گٔرِتھ ۔ اکہ دوہہٕ یِیٚلہِ ووٚستَن لوٚیٔنس تِمۍ گُرژاٹہٕ باجن' ووٚستس تہٕ گرِ کٕمن ژِھمب تہٕ ژوٗل عیدگاہ کِنۍ ۔ وَتہِ سمکھیوٗس اکھ بُزرگا اکھ تہٕ تِمی ووٚنٔس زِمیأنۍ یہ تریشہِ نأرتُلتہٕ عألی مَسجدِ تانۍ ۔ یوچھِ ہُتۍ تہٕ تریشہِ ہُتۍ شُرۍ یانے رحمان ڈارن رٔٹ اُمس نِش نأر

تہٕ دراو اُمس ستۍ۔ اَمہِ نارٕ منٛز چھِین ترٕیش۔ تہٕ بقولِ غلام محی الدین ڈار امہِ پتے لوٗکن وَنِن ''معرفت موٚیہٕ ستۍ بادل بیدار گوس'' گویا اَتی پیٚٹھہٕ لٔج رحمان صأبس ڈزٕنۍ تہٕ تمۍ ہیٚتۍ شار وَنٕنۍ تہٕ وَنہٕ چھُ یوان زِ یہٕ بُزرگ اوس خواجہ خضر تہٕ یَتھ کٔنۍ چھےٚ تَسنٛز گوڈنیچ تربیت مُقامِ حاصِل تہٕ تَس چھےٚ اُویسی نسبت۔ اَمہِ پَتہٕ تٕرٕ وو رحمان صأبن گھرٕ بار تہٕ روٗد تلاش کَتھہٕ خأطرٕ جایہِ جایہِ پھیران۔ بقولِ موتی لال ساقی رحمان ڈار اوس کٔبروی صوفی سلسلس ستۍ وابستہٕ تہٕ نامٕوار صوفی شأعر قأدر صأب کیٛہشہ نہٕ اوس رحمان ڈارنٕے طأِلب۔ کلیات صمد میرس منٛز چھےٚ یہوے محقق لکھان زِ وار یہن لوٗکن ہُند وَنُن چھُ زِ قأدر صأب چھُ رحمان ڈارنٕ نیٚچو تہٕ ژاٹھ اوسمُت۔ یہِ کتھ چھےٚ تحقیق طلب مگر یہ چھُ کھرٕ زِ یہ چھُ امے ذأژ ہُند بأژ اوسمُت۔ ذأژ ہُند بأژ ؤنتھ چھُ ساقی صأبُن مطلب یہٕ زِ یِم چھِ اکی صوفی سلسلکۍ اُسی متۍ۔ قأدر صأب چھِ ووستہٕ حبیب تہٕ ووستہٕ خألقس مورشد اُسی متۍ یمو پَتہٕ احمد بٹ تہٕ صمد میرس رہبری کٔرمٕژ چھےٚ۔ یَتھ کٔنۍ چھِ رحمان ڈار، قأدر صأب تہٕ صمد میر اکی لنجہِ ہِندۍ ترٕے اہم صوفی گونماتھ۔ بڑ ونٛھ کُن چھُ سأتی صأب لکھان زِ قأدر صأب چھُ ذأژ۔ کٔنۍ شیٚخ اوسمُت۔ امہِ لِکھہٕ تَس رحمان ڈارُن نیٚچو وَنُن چھُ غلط البتہٕ چھُ غلام محی الدین ڈار نہِ وَنہٕ رحمان ڈارٕنس أکِس نیٚچوِس قأدر ڈار ناو اوسمُت۔ تَسند وَنہٕ اُسی رحمان ڈارس ترٕے نیٚچوِ۔ حبیب ڈار، قادر ڈار تہٕ ترٕیمِس نیٚچوِ سُند ناو چھُنہٕ مولوم تگیا زِ سُہ اوس لوکچار سے منٛز مألکی ہندہ مرنہٕ پَتہٕ پشاوٕر گومُت تہٕ تورٕ پھیوٚرنہٕ سُہ واپس۔ غلام محی الدین ڈار نہِ وَنہٕ کٔنۍ اوس سُہ دوست محمد خأنٕ پأنس ستۍ نِمُت۔ یَس امہِ گھرٕک عقیدت اوس۔ توأرٕتخن منٛز چھنہٕ مےٚ کانٛہہ توٗھ

شہادت میچھو زِ دوست محمد خان کیاہ آو کُشیرِ ۔رحمان ڈارُن یہِ نیچو گوو دادوست محمد خانَس نشہِ رِکنہٕ نہٕ ۔ مگر غلام محی الدین ڈارن ییٚمہِ انداز یہِ ناوبوٗزمُت چھُ تمہِ کِنیٚ ہیکہِ یہِ کتھ رحمان ڈارنس سنہ وفاتَس مُتلق اِشارٕ فراہم کرِتھ تیٚیچ ذِ کریٚز ونہہ کُن یہِ حبیب ڈار چھُ غلام محی الدین ڈارنہِ وَننہِ لاولد گذریومُت ۔ییٚلہِ زَن عبدالاحد آزادنہِ وَننہِ حبیب ڈارُن نیچو رمضان ڈار داتا مزار محلَس منٛز نوٗر باغ چوکہِ نِکھ روزان اوس۔ تہٕ حبیب ڈار چھُ ۱۹۴۷ء بزونہہ قریبن پنٛژاہ وٕری یانے سنہ ۱۸۹۷ء ہیو ییٚمہِ عالمہِ گوٚمُت ۔غلام محی الدین ڈارَن وَنُن یُس زیادٕ مُستند چھُ باسان تمہِ کِنیٚ اُسی قادر ڈارس ترٛے نیچوِ عزیز ڈار، عبداللہ ڈار تہٕ رمضان ڈار۔عزیز ڈارس اُسی زٕ فرزند شعبان ڈار تہٕ قادِر ڈار ییٚلہِ زن رمضان ڈارس ترٛے نیچوِ اُسی یِہنٛدی ناو رحمان ڈار، غلام محی الدین ڈار المعروف مُہدی ڈار تہٕ رسول ڈار چھِ ۔ رمضان ڈار گذریاو سنہ ۲۰۰۴ء بکرمی یانے سنہ ۱۹۴۸ء منٛز ییٚلہِ زَن تَسنٛد مول تہٕ رحمان ڈارُن نیچو قادر ڈار تمہِ ساتہٕ گذریاو ییٚلہِ رمضان ڈار ترٛ واہ وُہر اوس۔غلام محی الدین ڈارنہِ بیانہٕ کِنیٚ چھےٚ رحمان ڈارَس یِپورٕ اَمہِ خاندانٕچ کولاۓ لیٚتھ کِنیٚ بنان۔



اَتھ سلسلَس منز ڈ چھ ےٚ غلام محی الدین ڈارنہٕ گرِ محکمے مالہِ طرفہٕ دِنہٕ آمت انتخابِ جمعبندی تہٕ گرداوری ہُند اکھ نقل تہٕ یِمہِ مُطابق غلام محی الدین ڈارنس ڈٔنی ہِتس تہٕ پتھ گنہِ دِنہٕ آمتس شجرہ نسبہٕ کس تتھ حِصس تصدیق سپُد یتھ ستیٚ تربن پیٚربن تاڈ تسنٛدُ تعلق چھُ۔ اکھتیٚ چھُ یہندِس محلس محکمے مال کس اندراجس منز موضع نواکدل ناو۔ گویا نوٚ وکٔدل چھُ قادر ڈارنس وقتس تانٛ گام گنزرنہٕ اوسمت یوان تہٕ یہِ اوس سرینگر شہرُک اکھ مُضافاتی علاقہٕ۔ رحمان ڈارُن آبائی محلہٕ چھُ اَز تہِ مال محکمہِ کہ رِکاڈ کنز نوٚ وکٔدل محلس ستیٚ یوان۔

مختلف توارِیخن ہُند مطالعہٕ کرنہٕ پتہٕ چھُ نَنان زِ کابل کس رئیس پابندہ خانَس اُسی اکوہ نیچوٕ یمو منز زِ فتح محمد خان تہٕ سردار محمد عظیم خان پٹھان دورَس منز کشیرِ ہندی حکمران چھِ روٗدمتیٚ۔ تِمن دوٚہن اُس پٹھانن تہٕ سِکھن درمیان زبردس ہَرڈٔژھمژ تہٕ ہپأرٕ اُسی نہٕ کابل تہٕ سیأسی حالات کژھِ۔ اُتھی وقتس دوران اوس کابلس منز یہنٛد بوے دوست محمد خان جنگی تہٕ سیأسی مأدانس منز سرگرم۔ یہِ چھُ عیسوی حسابہٕ ۱۸۱۳ء واتان۔ دوست محمد خان چھُ ۱۸۳۵ء منز کوبلہٕ پتھ سِکھ فوجس مُقابلہٕ کرنہٕ خاطرٕ پشوٕ ور یوان ییتہٕ سُہ جنگ ہاران چھُ ۱۸۴۸ء منز چھُ بییہٕ اکہ پھرِ انگریزن تھی پھیرٕ گمتس چترسنگھنس مدتس کابلہٕ پتھ پشاور یوان۔ انگریزن ستیٚ ۱۸۴۹ء کس جنگس منز تہِ چھِ دوست محمد خانٕنی نفر شأمل آسان۔ یِم حالات نظرِ تل تھاوِتھ چھُ باسان زِ یُد وے یہِ کتھ صحیح مانٛنہٕ ییہِ زِ رحمان ڈارُن نیچو گوو مالی سنٛدِ رحمت حق سپدنہٕ پتے پشاور یا کابل یمن دوٚہن دوست محمد خان تہٕ تہِ حاکم اوس تیلہِ چھُ رحمان ڈار ۱۸۴۰ء یا تمہِ تہٕ برنہے یِمہِ عالمہٕ

گوٗمُت آسان وۄن گوو اُ کُس نابالغہٕ سُند امہٕ وَقتہٕ پتہٕ اورکُن ژلُن چھنہٕ ییٚمہٕ لحاظہٕ صحیح باسان زِتَمہٕ پتہٕ واریہس کالس روٗدنہٕ کاشرِ بن تہٕ افغانن پانہٕ وأنی ینہٕ گوھنگ زیادٕ رأبطہٕ ۔حالانکہِ کٔشیرِ منٛز چھےٚ افغانٔن ہنٛز حکوٗمت امہٕ تہٕ برنہے یانے ۱۸۲۰ءمنٛزختم آسان گمُوتہٕ اتھ ستی چھِ زیادٕ تر پٹھان کٔشیرِ تۄرٕ اُ وِتھ ژلان ۔ یہِ لوٗکٹ اِشارٕ زِ ٹھراوِتھ یہن بیان کرنک مقصد چھُ ییٚ زِ رحمان ڈار ییٚتہِ محموٗد گامین ہم عصرتہٕ چھُ روٗدمُت مگر سہٕ چھُ تَس برنہےٕ ییٚمہِ عالمہٕ گوٗمُت ۔محموٗد گأمی چھُ اندازٕ کنٛز ۱۸۶۵ءمنٛز زامُت تہٕ ۱۷۸۵ءمنٛز چھےٚ تمہِ پٔنٛژ گوڈٕ نچ مثنوی شیرین خسرو لیچھمٕژ ۔اَمہِ ہُر یمانہٕ یمن صنفن منٛز تمہِ تہٕ کٔر ہندو باقی ہم عصرشاعروشعر چھِ وٕنی متہٕ تمہِ چھِ ہَتی اعتبارٕ واریہس حدس تانی رحمان ڈارنہِ شارٕ ہیٚو نِشہٕ مختلف یوسہٕ ییٚمہِ کٔتھِ ہنٛز ثبینہٕ وَن ہیکہٕ اُستھ زِ رحمان ڈار چھُ محموٗد گامیٚن زیٹھ کالہٕ بوج اوسمُت یُس محموٗدس بژونہہ کھنٛز نے تہٕ پنداہ وُہ وُری ییٚمہِ عالمہٕ چھُ گوٗمُت ۔

موتی لال ساقی صابُن یہِ وَنُن ہرگا صحیح تہٕ مانو زِ رحمان ڈاراوس تصوف کِس کُبروی سلسلَس ستی وابستہٕ مگر اَتھ ستی ستی چھُ ساقی صابنس رحمان ڈارنس سوٗمبرِ ہتس کلامَس منٛز یہِ شارٕ بندتہٕ نظرِ گوھان ۔

چھم دِلس سبٹھا اُرزوے    پھر میانہٕ شاہِ جیلانہٕ

جانانہٕ وُچھ ہر روے    لارٕ ہے یہٕ بغداد پانہٕ

رحمان ڈارنہِ اِمہِ بندٕ تلہٕ ہیکہِ یہِ نتیجہِ تہٕ اخذ کرنہٕ یتھ زِ سہٕ چھُ قادری سِلسلہٕ کِس اہم بزرگ سید عبدالقادر جیلانی رحمتہ اللہ علیہن ہُند زبردست معتقد

اوسُمت تہٕ ممکن چھُ اتھ سلسلَس منز ما آسہٕ ہَس بیعت تہٕ ۔ اَتھ سلسلَس منز چھےٚ یہٕ
گٔتھ تہٕ ژٕتَس تھاوٕنۍ لایق زِ رحمان ڈارَنس ویدس کلامَس منز چھنہٕ دوٚیمس
کانٛسہِ صوٗفی بزرگ ہنٛز ناوہٕتھ ذِکر میلان ییٚمہِ کنٛۍ قادری سِلسلس ستۍ تہنٛز نسبت
قرار دِنۍ تہٕ ممکن چھُ ۔ ممکن چھُ رحمان ڈارنہٕ زندگیہ مُتلق نٔوۍ گوشہِ ہِن آیندٕ کالس
منز بڈونہہ کٔن ۔ یَتھ منز پیٹھ گنہِ درج کرنہٕ آمتۍ اِشارٕ فایدٕ مند ثابت ہیکن سپدِتھ ۔



# رحمان ڈارُن زمانہٕ تہٕ تیٚسندی ہم کال شاعر

یُدوے رحمان ڈارُن زاسنہٕ تہٕ مرٕنۍ ؤری شبقہٕ پأٹھۍ معلوٗم چھنہٕ تاہم چھُ
سہٕ ُسورٕنہِ اردأہمہِ صدی پیٹھٕ کُنوہِمہِ صدی عیسوی ہٕندس منٛز کالس تانۍ حالے
حیات اوسمُت۔ اتھ وقتس دوران چھےٚ کشیٖر واریہو سیأسی گأیلو منٛزی گُذریمٕژ۔
مغلن ہنٛز حکومت کمزور سپدنہٕ پتہٕ آیہ کشیٖرِ ۱۷۵۳ عیسوی منٛز افغانن ہٕندس قبضس
تل تہٕ شُہأٹھن ؤری ین کشیٖرِ پیٹھ حکوٗمت کرنہٕ پتہٕ روٗٹ ۱۸۱۹ء منٛز سِکھو کشیٖر
ہُندٕ اقتدار یم ۱۸۴۶ء تانۍ کشیٖر پیٹھ حکوٗمت کران روٗدۍ ۱۸۴۶ء لُج کشیٖر
ڈوٗگرن ہٕندٕ بن اَتھن تل۔ یتھٕ کٔنۍ چھُ رحمان ڈارَن پٹھانَن تہٕ سکھَن ہُندٕ دور
وُچھمُت۔ گُلس پیٹھ چھ یہ وقت کأشرو کأنۍ تکلیفن منٛز گذورمُت۔ مغل یُدوے
کشیٖرِ محض اکھ عأش وعشرٕچ جایا زأنتھ ییٚتہِ باغ تہٕ بالا درِ بناوان آسی مگر افغان
حأکم روٗدۍ یِ پلگھ تی ییٚتہِ لوٗٹہٕ نِوان تِکیازِ تِم آسی زانان زِ ازنہٕ پگہہ چھےٚ تِمن
کشیٖر تراوٕنۍ۔ نتیجہ دِژاو یہ زِ کابل دربار طرفہٕ یُس تہِ صوبہٕ دار یور سوزنہٕ آو تِم کٔری
لوٗکن پیٹھ نٔوۍ نٔوۍ ٹیکس عأید۔ خاندرن کھُندرن تہٕ سمأجی تقریبن ہٕندِ خأطرٕ تہِ
اوس لوٗکن ٹیکس ہینہٕ یوان۔ گأمی علاقن منٛز گُلی کٔڈ تہٕ زراعت گیاو  آسی تھےٚ شُہلی

گٔلمن پیٹھ تہٕ اوس لۄکن نشہٕ مالیہٕ ؤگراونہٕ یوان۔ امہٕ عذابہٕ تلہٕ موکلنہٕ خأطرٕ آے کأشرٕ بن ہِندِ ڈسی واریہہ تِتھی باغ ژۄ رِ ژھینہٕ وأ ران کرنہٕ یم موغلو پننہٕ عأشہٕ تہٕ آرامہٕ خأطرٕ پننہٕ وقتہٕ بنأوی ٲسی ٲسی۔ کأشرِ ٲسی وونی پۄ ژی کنژھاین تہٕ کھوژان تہٕ تِمن اوسنہٕ أندری دگ للہٕ ونہٕ تہٕ امہٕ عذابہٕ منز موکلنہٕ خأطرٕ خوداِیس منگہٕ منگ کرنہٕ ورأے کانٛہہ چارا نظرِ گوھان سکھن ہِندِ حکوٗمت رٹنہٕ پتہٕ تہٕ میؤ ل نہٕ لۄکن کانٛہہ سو چھانگی کہٕ آیہٕ مسجدٕ تہٕ مسلمانن ہِندی عبادت گاہ سربمہر کرنہٕ تہٕ بانگہٕ تہٕ نماز پرنس پیٹھ ٹھاکھ لأگتھ آیہٕ بظأہر لۄکن سو وَتھ تہٕ بند کرنچ کوٗشش کرنہٕ یپأری تِم خوداِیس منگہٕ منگ کرہَن۔ ظلمک حدووت اوٚت تأنی زِ گاوکُشی ہِندِس الزامس منز آے درجن وادلوٗکھ ٹھٔھرِنارس منز زِندے زالنہٕ۔ سرینگر تہٕ امہٕ کِنِن مضافاتن منز اوس شالبأفی یا کھنڈواو کارلۄکن ہُند بوٚڈ ذریعہ معاش تہٕ آبأدیہ ہُندا کھ بوٚڈ طبقہٕ اوس اتھ کارس ستی وابستہٕ۔ بڈشاہنہٕ دورِ حکوٗمت پتہٕ اوس اتھ کارس کأفی پوچھر میؤلمُت۔ پٹھان صوبہٕ دار حاجی کریمداد خانن لوگ پننہٕ حکوٗمو منز گوڈنکہٕ پھرِ کھنڈواوَن ٹیکس۔ تِتھی ظلم بَدِ کڈنس منز اوس تس دیوان دلارام ناوٕک شخص وتہٕ ہاوٕک۔ لوکٹن لوکٹن کارخانہٕ دارن نشہٕ اوس نٔم چپرِ چپرِ ٹیکس ؤگراونہٕ یوان۔ ییٚمہٕ کِس نتیجس منز تِم لوکٹن کأری گرن یا کھنڈواون سخت محنت کرنأوتھ تِمن کم کینٛہو ہامزوٗری دِوان ٲسی۔ عبداللہ خان ایشک اقاصی ین ییٚلہٕ کشیرِ ہنز حکوٗمت رٔٹ تمہٕ ساعتہٕ ٲسی شہرس منز شیٚتھ نفر مالدار تأجر یم ہندوستان کِنِن طرفاتن تہٕ بوٹین ٹن تجارت ٲسی کران۔ یتھ منز موختہٕ تہٕ جوأہرات، سونہٕ ہِندی تہٕ روپہٕ ہِندی چیز، کمخاب زربفت، مخمل، ماہوت تہٕ سقرلاط کپرٕ تہٕ پوشاکہٕ وَس۔ مصالہٕ،

پشمینہٕ جامہٕ، پارچہٕ، شال، بلوری تہٕ چینی بانہٕ، تنز د، جدوار تہٕ مومیران چینی ہوِ دوا، سنگِ یشم تہٕ سنگ بلورِ کی چیز شأمل اُسی۔ زمانہٕ ناسہٕ تراسہٕ ڈیشتھ ژھوٚ ٹرودتمو کار تہٕ مقأمی کأرگرن تہٕ روٗز نہٕ کأم ییمہٕ کِس نتیجس منز لوٗکھ کمہٕ کھوتہٕ کم مزوٗرِ پیٹھ کأم کرنس مجبوٗر اُسی تہٕ گنہٕ ڈنہٕ پنُن نفس اُسی پالان۔

لوٗکن ہنزِ معأشی تہٕ اقتصأدی بدحالیہٕ متعلق یہ پوٚت منظر یتھ جایہٕ بیان کرنک مقصد چھُ تمہ وجہ بدِ کڈُنی یمو کنہٕ اتھ زمانس منز زیادٕ تر کأشرِ شأعر یاتہٕ صوٗفیانہٕ خیالن ہنز باوتھ کرنہٕ لگی تہٕ مثنوی ین ہندی ترجمہٕ کرنہٕ لگی۔ یہ چھُ پزر زِمأدی اُدسوٗدگی چھنہٕ شأعر یہ ہنز موضوٗعی رنگارنگی خأطرٕ کانہہ خاص شرط یا وجہ بلکہ چھُ وجہ یہ زِ اتھ دورس منز اوس نہٕ تیتھ کانہہ خارجی محرک یُس شأعرن بزمی یادوییمن موضوٗ ہن پیٹھ لیکھنک ڈتش دیہ ہے لہٰذا ایم تہٕ لوٗکھ اتھ دورس منز وقتی حالاتن ستی سمجھوتہٕ ہیکہٕ نہٕ کرِتھ تہٕ نہ ہیوٚ کُھ اتھ نظامس خلاف کینہہ ڈنتھ یا کرِتھ تہند بن دِلن تہٕ دِماغن سکوٗن پرٛاونچ اُس تمن نِش کُنی وتھ سوٗ اُس صوٗفی حلقن ستی وابستہٕ سپدِتھ حقیقتھ ہنز ژھانڈ۔ یتھہٕ کنہٕ اوس کلچرل سطحس پیٹھ تہٕ عام کأشرِ سُند مزاز اتھ دورس منز صوٗفیانہٕ بنیوٗ مُت۔ یتھ مُشکلس نہٕ کینہہ حل اوس سہٕ اوس اعلا حقیقتھ پیٹھے تراوٗن منأسب۔ رحمان ڈارنہٕ زمانہٕ کین اہم کأشرِ بن شأعرن منز چھ موٗمن صأب، سوچھ کرال، حأتی کھار، نبرِ ڈار، محموٗد گأمی، ولی اللہ متو، شکر ریوٚش (بدرکوٗٹ بانگل) علی شاہ، شاہ غفور، رحیم صأب، نعمہٕ صأب، شاہ قلندر، شمس فقیر، عبدالاحدنأظم، سیف الدین تارہ بلی، پرمانند، قطب الدین قطب، ثناءاللہ کریری، وہاب کھار، وغأرٕ شأمل یمو سارو وے شأعروچھِ یاتہٕ صوٗفیانہٕ نتہٕ مذہبی موضوع پننہٕ

شاعری منز بیان کرِی ہتی۔ شہر خاص تہٕ امہ کین مضافاتن ہتی تعلق تھاون والی
ترشوے شاعر رحمان ڈار، نعمہ صاب، تہٕ شمس فقیر چھِ لوکچارس منز کھند واو کارس
ہتی وابستہٕ آسی ہتی۔ لیکن منز پتہٕ وقتہٕ نکی ییتہٕ شاعر تہٕ بہلہٕ پایہ صوفی مقبول
سپد نہٕ باوجود چھِنہٕ یہنز مالی حالتھ جان آس ہو۔ البتہٕ چھِ تہند ے وقتہٕ یہندین
عقیدتمندن ہند وسیع حلقہٕ اوسمت تہٕ برابر ازتانی چھِ صوفی مجلسن منز یہند کلام
ییوان تہٕ پڑھ گیونہٕ یوان۔

پتھہٕ کنہٕ درج کرنہٕ آمتین شاعرن ہند زمانہٕ چھِ اند وند قریبن ہتس سواس
ہتس ورِی لیس پتھ محیط۔ تیمیک مطلب یہ چھِ زِ یمو شاعرو منز چھِ کینہہ رحمان
ڈارنی زِٹھی تہٕ کینہہ کانسی ہم عصر۔ یدوے یمو شاعرو منز رحمان ڈارس سان کینژن
ہندی زاسنہٕ تہٕ تاریخ وفات شبہٕ پاٹھی معلوم چھِنہٕ تاہم چھے رحمان ڈارنی شاعرٕ
ہیت سو چھ کرال، کرم بلند تہٕ تند ڈارنہٕ ورتاوِ موشارِ ہیوٗ زیادٕ نکھہٕ۔ یمہٕ کنی یہ انداز
کرنہٕ ہیکہٕ۔ یتھ زِ رحمان ڈار چھِ کاشرِ بن صوفی شاعرن ہندِ گوڈنکہٕ دورکو شاعرو
منز اکھ اہم شاعر۔ رحمان ڈارنی اکثر شارِ تخلیق چھِ اند وند مربوط۔ تمی بنز مشہور
نظمہٕ چھے "پد" چالہٕ تہٕ تم تخلیق یم خارجی ہیوٗ کنی غزلہٕ انہار چھ (یمن کینہہ نقاد
وژن تہٕ چھِ ونان) تمن ہند لفظہٕ ٹلہٕ تر اوتہٕ قافیہ ورتاو چھِ ماباقی ہتی ممن غزلن
نگاریا وَژن لیکھن والین شاعرن نشہٕ مختلف باسان۔ امہٕ لحاظہٕ چھِ رحمان ڈارن
کلام سو چھ کرال، نعمہ صاب، کرم بلند تہٕ تند ڈارِ ہمن شارِ تخلیقن زیادٕ قریب۔ یمہٕ
کنی یہ باسان چھِ زِ یہ چھِ کاشرِ بن صوفی شاعرن ہندس صنفس منز تواریخی اعتبار
گوڈِ دورک شاعر۔

# رحمان ڈارٕنۍ شاعری

مشرقی شاعریہِ ہندس تنقیدس منٛز چھُ واریاہن جاین یِتھ ہیوٚ جُملہٕ تہٕ استعمال سپدان آمُت زِ ہرگاہ فلأنۍ شاعر یس یاٚ ژِ نظم یا شار لیکھہِ ہے تو تہٕ آسہٕ ہے تمس ادبی توأریخس منٛز اہم پاے۔ یہٕ حقیقت مأنتھ تہٕ زِ کأنسہٕ تہٕ شاعرٕ سُند تخلیقی تہٕ تخیلی تھزر چھُ تمۍ سندۍ اعلا ترین فن پارٕ وُچھتھے مقرر سپدان تہٕ عالمی ادبی توأریخس منٛز چھِ وارِیہہ پرأنۍ تخلیق کار محض کیٛنژو تخلیقو کِنۍ زیادٕ پہن یاد کرنہٕ یوان تاہم چھُ پزٕتھ شاعرس پننہِ شخصیتُک راونہٕ تہٕ زأنۍ راونہٕ خاطرٕ مُتواتر تخلیقی سفر طے پیوان کرُن۔

وُچھوے تہٕ ''شش رنگ'' چھےٚ رحمان ڈارٕنۍ سو نظم یوسہٕ تس کأشر ادبہٕ کس توأریخس منٛز ہر ہمیشہِ زِندٕ تھاوِ تہٕ یہٕ نظم ییہٕ کیٛنژون اہم ترین کأشرِ بن شارٕ تخلیقن منٛز شُمار کرنہٕ مگر اتھ ستی ستی پزِ یہِ تہٕ یاد تھاوُن زِ رحمان ڈارٕنۍ شاعرانہٕ شخصیت زاننہٕ تہٕ پرکھاونہٕ خاطرٕ چھِ تہندۍ ماباقی شارٕ تصنیف تہٕ اہمیت تھاوان۔ رحمان ڈارٕنۍ موضوع پٔد وے تمے چھِ ییم تہند بو ہم عصر صوٗفی شاعر و ورتأوی یتی چھِ تاہم چھےٚ ہیتی اعتبارٕ تمۍ سنٛز شاعری مطالعہٕ خاطرٕ دلچسپ۔ رحمان ڈارٕ نمن وژنن تہٕ غزلن تہٕ

چھُ نظمہِ ہُند انہار تہٕ تمہِ کہ سند بن اکثر تخلیقن منز چھُ مانہِ اعتبارٕ اکھ ارتقائی تسلسل وینہِ یوان۔ ییٚتہٕ چھےٚ یہ کتھ تہِ وَننٕ لایق زِ ''شش رنگ'' تہٕ ''مانچھ تُلر'' نظمو وراۓ تمہِ کہ سند بن ماباقی شارٕ تخلیقن چھہِ مختلف شارٕ سوٚمبرنن منز یا تہٕ ترتیب کارو یا بیوٚن بیوٚن دورن منز گبوٚن والو الگ الگ ناو گرٕ ہتی۔ اکثر سوٚرژن منز چھہِ یم ناو یمن باتن ہندی دوج مصرٕ تھاونہٕ آمتی۔ رحمان ڈارنین باتن ناو دیُن چھُ تیلےٚ ممکن سپدِ مُت ییلہِ یمن منز بیوٚن بیوٚن شارن ہندس ہیُو ہشرس ہتی ہتی مانیک ربط چھُ میلان یُس یمن منز نظمہِ ہنز خاصیُو پاداہ چھُ کران۔ رحمان ڈارنین باتن منز بیوٚن بیوٚن شارن ہُند منطقی ربط تہٕ دوتھہِ واشرُک وجہ ہیکہِ گنہٕ حدس تانی یمن ہندِ موضوٗعچ یک رنگی تہٕ ماننہٕ ہتھ۔ ییتھہِ کنہٕ امین کامل صاب تہٕ صوٗفی شاعرٕکس گوڈنکس حصس منز (ییتھ منز رحمان ڈارن کلامہٕ تہِ شامل چھُ کرنہٕ آمُت) ناوہینہٕ وراۓ یمس تانی نقاد سُند یہ خیال بھران چھُ زِ ''صوٗفی شاعرن نشہِ چھنہٕ تجربن ہنز رنگارنگی میلان گنی کتھا چھہِ پھِری پھِری مختلف لفظن منزا کی لیہ تہٕ لہجہِ بیان کران۔''

ییٚتھہِ چھُنہٕ اسہِ مقصد یہ خیال رَد کرُن یا امہِ کس جوازس منز کینہہ وَنُن مگر یہ کتھ تہٕ چھےٚ پننہٕ جایہِ اہم زِ پرٛتھ دورس تہٕ پرٛتھ ادبی رجحانس منز چھےٚ خاص خاص موضوٗعن باقی موضوٗ عو نسبت ژٕ راہمیت دنہٕ آمٕژ۔ شاعرنہٕ تجربن ہنز رنگ بستہٕ گی یا یک رنگی گنہِ مخصوٗص طرزِ فکرُک نتیجہ زانُن چھُنہٕ صحیح بلکہ یہ تخلیق کارسُند انفرادی رُوِ یہ تہٕ بیوٚن بیوٚن ژِہن ہنز کیفیت ژیتنک تہٕ بیان کرنک تُسند بتٛر تہٕ قوت چھُ شاعرنہٕ شخصیُو بسیار پاسل تہٕ جھول بناوان۔ مون زِ رحمان ڈارُن موضوٗع تہٕ چھُ باقی کاشرن صوٗفی شاعرن ہندی پاٹھی یک رنگ مگر ییلہِ سہ تصوفکی نوکتہٕ تہٕ

سری رکفیٔو جنسی جذبن ہنزٕ اُڈرنہٕ بیان چھُ کران تتہٕ چھُ تسٕند تجربہٕ نہرل باسان۔

ناگس سۘزان کزیوم ژۏرِ
باغس ہی ژِ چھاوکھنا
لاگہتھ شیرِ وچھہتھ کۏنہِ
متھو زۏنہِ گنِدونا

دلِس تنہِ مۄر جامن تے
تتھ چھمنہٕ روے سمَن

ادفر عطرے نأوتھ چھس تن
رنگہٕ رنگہٕ سامانہٕ سۘز گرٕ مسے
ہیہ تن چھاوِنا ییٚہ یۆری انتن
کتھن کمہٕ سونہِ روٹ میۆن یار

وصلکی جامہٕ چھس پرتھ پانس
میلتھ چھم ہنہٕ ہنے

سور پان پرتھ درایس
آبَس عشقنہٕ چھیے
نالی ملہٕ ییٚہ واَلی ژالہٕ تے
ملہٕ ڈے گرسۓ ہیے

ما روے گُل تہٕ اُدیٖل موے
خوشبوے تَس کُس پیے
لاٗجنٛس مۆہ نے زالہٕ تے
مالہٕ ڈے گرسے ہیے

حمان ڈارِ نۍ یتھۍ ہوی شار پٔرتھ چھُ کاٗمل صاٗبن یہ بیان سرسری ہیٚو باسان زِ "ظاٗہری دنیاہس اندر یوسہٕ رنگارنگی موجوٗد چھےٚ سو ہیکہِ نہٕ روٗحاٗنی دُنیاہس منٛز اٗسِتھ تہِ چھےٚ رنگارنگی ختم سپدان تہٕ یک رنگی پاٚدٕ گوھان"

یژھن جاین چھُ سون شاٗعر (Anti-mataphor) ہیٚو وَل ورتاٗوِتھ ماوراٗیی حُسن تہٕ بے رنگی مُقاٗمی رنگ تہٕ شبیہ دِوان۔

توہہ ما ڈیٛوٹھون ماٗنزٕ چھس اتھن
کتھن کمہِ سونہِ روٗٹ میۆن یار

ہم خانہٕ در شبانہٕ
بیدار بہٕ گُزٕرنس
ہے کوٗرنمو بیانہٕ
پیمانہٕ بۂ چاوٕنس

چھُ مشہوٗر سروِ سمن عالمس
خشم چھس مست چشم بادمس

سۆمبل چھن بستہٕ کٔرۍ مِتۍ زُلفِ خمن
ہران چھس گُمہٕ شبنم روخسارس

ڈٔریایہٕ معلق چھے اویزان
وُچھتہٕ گتھ مارانِ
شبنمہٕ پٔٹھ گُل پھۆلی بیک ساتھ
ونتہٕ تہٕ کیٛاہ گو؟

رحمان ڈار تہٕ تسندِ دورکین ماباقٕی صوٗفی شاعرن ہندس کلامس منٛز تجربن ہنٛز یک رنگی ہُند چھُ مینٛز کنٛہ بۆڈ بارٕ وجہ یہ زِ اکثر بأتن منٛز چھُ پانہٕ شاعر یاونو متکلم صیغہٕ موجوٗد۔ لہٰذا چھُ یژھ شاعریہ ہُند کُل کاینات شاعرسندِ ذاتہٕ کس محورس أندۍ أندۍ محیط روزان۔ پنہٕ نٮ۪ن دأخلی کیفیٛون خأرجی صوٗرتحالن ستۍ مُنأسب پأٹھۍ ہم آہنگ نہ کرنہٕ یُن چھُ یمن شاعرن ہندِ فنی گاٹٕک سبب۔ صوٗفی شاعریہ ہُند بُنٛیادی موضوٗع چھُ سالِک تہٕ خوداییس درمیان رشتہٕ۔ امہِ رشتٕچ پرٛتھ کانٛہہ کیفیت چھےٚ سرۍ نٔوۍ یُوٗ ہنٛز۔ سانٮ۪ن صوٗفی شاعرن نشہِ چھنہٕ یتھ کتھِ ژرا اہمیت زِ پننہِ تجربٕچ کرن تم فنی یا تخلیقی بازیافت تِکیٛازِ چھےٚ اہمیت "کتھِ"۔ تہٕ کتھ چھِ تم کُنہِ ابہامہٕ ورأے باوُنۍ یژھان۔ ابہام یُس رژِ شاعریہ ہُند اکھ گون چھُ ماننہٕ یوان چھُ یمن شاعرن ہندِ کنٛہ باؤژ منٛز ٹھوٗر۔ یتہٕ کُنہِ تتھۍ شاعرسرِ کتھِ ہنٛز باوتھ خأرجی دُنٛیہس منٛز موجوٗد معروضن ہنٛز منأسب ترتیبہٕ کنٛہ چھِ کران تتہٕ چھِ یہندۍ تخلیق مانیکٕ نٔوۍ انہارتہٕ فنی جہار لبان۔ تتھۍ نےٚ صوٗرتحالن ہنٛز باوتھ یلہِ لل

دبد معروٗضی ذٔرِ یوٚ کٔنۍ کران چھےٚ تُمۍ ہنٛز شأعری چھےٚ فنکأر یہ ہُند اعلاترین نموٗنہٕ باسان۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ پننہٕ جایہِ صحیح زِ یٔتھ کانٛہہ شعری تخلیق چھُ فنکار ہندِ تجربہٕ نشہٕ تھنہٕ پیوان مگر یہ تجربہٕ یوٚتاہ پنٕنہٕ ذات الگ کٔرِتھ بیان کرنہٕ ییہِ تیوٗ اچھےٚ اتھ آفاقیت باگہِ یوان۔

لل دیدِ ہُند اکھ واکھ چھُ۔

دِہچہِ لَرِ دارِ بَر تٔرٕوپٕرم

پٔرانہٕ ژوٗر روٗٹم تہٕ دِتمَس دَم

ۂز دیچہِ کوٗٹھرِ اندر گوٚنڈُم

اوٚمکہِ چوٗبکہٕ تلمَس بَم

موضوٗع تہٕ مانہِ اعتبارٕ ییٚمہِ ساتہٕ وُچھوٗتیلہِ چھےٚ یہ سوے کتھ یوٚسہٕ رحمان ڈار ییٚمہِ اندازِ بیان چھُ کران۔

ژوپأری وُچھتھ تحقیق کوٚرُم کانٛہہ چھُنہٕ وفادار

وُچھم پأنس نِشے اغیار خداہے چھُ نگہدار

باسان چھُ زِ رحمان ڈارن یہ کیٛنٛژھاہ ییٚتھِ تلاشہِ پتہٕ سرٕ کٔرِ کوٚر رُمت چھُ تہٕ چھُ سُہ فأصلہٕ دِتھ پننہٕ نَس بوزن یا پٔرن وألِس بیان کران۔ پٔرن وول یا بوزن وول چھُ أکِس تجربہٕ کارسألِک ہنٛز کتھ بوزان۔ اتھ برعکس ییٚمہِ اندازِ لل دبد یہ کتھ بیان چھےٚ کران پرن وول یا بوزن وول چھُ تتھ تصوٗرس یا کشمکشہِ دِیِد مان وُچھان یُس لل دبد پننہٕ نَس وجوٗدس منٛز سران چھےٚ۔ اتھ صورتحالس منٛز شأعر لل دبد موجوٗد آسنہٕ باوجوٗد چھےٚ سو پانس تہٕ پننہٕ نَس دیہَس یا جسمَس تہٕ دِلَس دون بِدون

حدن منز پیش کران۔

ییتھہٕ کُنۍ گوڈے دونہٕ آ ورحمان ڈارعین اکثر بأتن منز چھ شأعر پنٕن ذات تہٕ وجوٗد ہیتھ تجربس یاونو شعری بیانن منز موجوٗد۔ بأتن ہندی ییہ گوڈ مصرٕ وٕ چھتو کھ یمن منز ییٚ پأٹھی متکلم صیغہ نظرِ چھ گوھان۔

آ دنہٕ یکھنا چھم لادن تے سر ہو ونڈے پادن
چھتیوم موے تانی ، وہتہٕ گوم لولہٕ نار، پزٕ زنوٗم سمسار

چأونس بہٕ پانہٕ مس تے
کتھن کمہِ سونہِ روٹھم یار

تدبیر کران عمر مالہِ رأوم تقدیر آم نووَے

أے ساقین میخانہ پیمانہٕ بہٕ چأونس
أندری وونہٕ میوٗن ہٕندریوٗمتے

کُمی کیاہ وون نے روٗٹھم غبار
ژکھ وَس ملالہٕ تژ اومیوٗنیے
یاونٕیٚ دوہ کوٚتےٚ گأم تم بألی ییے پھیرس ہر بندرے

مےٚ نیوٗ تھم ہوش آرامو
ولو معشوقہٕ جانانو

لوسہٕ ناوس اُمی مدنوارن
چھس بہٕ پیاران سُہ کریے

ژندنے ہاژندن دارے
لولہٕ نارن ہے زاٗجنس

پنہٕ وقتچہٕ شاعرہ ہنز روایٔتہٕ کنی چھُ رحمان ڈارنین باتن منز تہٕ معشوق یٔو پاٹھی مرد تہٕ عاشق زنانہٕ ۔ دون یتھ جایہ شاعر رحمان ڈار باتہٕ کس عاشقس (نسوانی آوازِ) الگ پاٹھی بکٕھی ییتہٕ ۔کردار پانس نش الگ کٔرتھ بیان چھُ کران تہٕ چھےٚ تمی ہنز شاعرہ امتیازی شان باگہٕ یوان۔ تیٚتھ مثال ''شش رنگ'' نظم چھےٚ ۔ نظمہٕ ہنز مرکزی کردار چھےٚ پنہٕنس عاشقہٕ ہنذ ییچہٕ ئیو کران ۔۔تس چھہٕ شکوٕ تہٕ تہٕ خوف تہٕ ،فخر تہٕ تہٕ حیا تہٕ یاوٗن راونک تہٕ موے چھتنک احساس تہٕ ۔نظمہٕ ہندس اٗخری شارس تانی واتان واتان چھُ پرن وول یا بوزن وول اُمی سےٚ کردار سُند تور تہٕ مژر محسوٗس کران تہٕ اٗخری شارس منز چھُ امہٕ سارے ڈرامہٕک تخلیق کار نظرِ یوان یُس پانہٕ تہٕ حارٕتس منز ہہنہٕ آمت باسان چھُ ۔''مانچھ ٹلر'' نظمہٕ ہنز مشہور یہٕ، بندراز تہٕ چھُ یہ ہے زِ پنہٕ وقتچہٕ شارٕ روایٔتہٕ نشہٕ ہیٚون پاٹھی چھُ شاعر تزے الگ الگ کردار وو تلاوان تہٕ یم کردار چھہٕ نہٕ صرف پننی خصلتھ تہٕ زندگیہ ہند طریقے کار بیان کران بلکہٕ اتھ عملہٕ ستی چھُ یہند اوندٕ پوٚک ماحول تہٕ کم کاسہٕ بیان سپدان۔

کمن باغن، ونن تہٕ چمنن سوٗمبریوٗم وٕلر گوم برے
ژمر ٹلی ٹلی گوشن پھیرس وٕلر نیوٗم پرٕتھ گوشس

پرِتھم پارچوٗ پاے چھم سوٗنہٕ ہندی وُچھ میوٗن رفتارے
خاٗلی چھم نے کانٛہہ ذرتھاٗوِہو چھس پھیر ہو زٕتس

شش رنٛگکی پاٗٹھی چھِ یتھ نظمہِ منٛز تہٕ اُخرس شاٗعر یار اوی بروٗنٛہہ کُن یوان تہٕ پتہٕ چھ تتھ تمثیلہ مانہٕ کرنہٕ بہان یوسہ یٔمہِ نظمہِ ہند بن گوڈنکین شمن بندن منٛز الگ الگ کردارن ہنٛزِ زبانی بیان چھےٚ سپز ہو۔ شاٗعر ہنٛز شعوٗری کوٗشش چھےٚ یہ ابہام دوٗر کرُن یُس پرن واٗلی ہندِس ذہنس منٛز یہ نظم پٕرتھ پاٗدٕ ہیکہِ گوٚھتھ۔
رحمان ڈارنین تقریبن سارنے باٗتن منٛز یدٕ وے مانٛیک ربط چھُ میلان تاہم ہکو کھ یم ہیتی اعتبارٕ غزل یا وژٕن صنفن منٛز شاٗمل کٔرِتھ۔ یمن باٗتن ہُند قاٗفیہ نظام تہٕ ہم آہنگ لفظٕ ورتاو چھُ اُکس خودرو موسیقیہ زاین بخشان تہٕ شار تحت الفظ پران پران تہٕ چھُ سازت ہیُو پاٗدٕ گوھان۔ کٔہ ہندی شار یُدوے علم عروض کین ضابطن منٛز وبپان تہٕ چھنہٕ تاہم چھُ یمن شارن ہُند لفظٕ وردن تیُتھ اکھ زیر و بم و تہٕ تلاوان زِ پرٕن واٗلس چھنہٕ بقول رحمان راٗہی یہ ظوٗنے روزان زِ آیا نظم چھا ضاٗبطہٕ پاٗٹھی علم عروضٕچ تہٕ قاٗفیہ بندی ہنٛز پابندی وبتراوان کنہٕ نہٕ" رحمان ڈارنین کینٛژون غزلن ہندِ پٕرتھ شارکِ دونوٚے مصرعہ چھِ پانہٕ واٗنی ہم قافیہ یا ہم آہنگ۔ یٔمہ چہِ مثالہٕ یتھ مونوگرافس منٛز تمی ہندی زِ باٗتھ "پٕرزنووٗم سمسار" تہٕ "معرفت" ناوٕ درج چھِ۔
بیٚون بیٚون وژٕنن (یمن میانہِ حسابہٕ غزل وُنن زیادٕ موزون چھُ) منٛز چھےٚ بیٚون بیٚون بندن ہند بن مصرن ہنٛز قاٗفیہٕ ترتیب کُنہٕ جایہِ اا، ب ب، کینٛژون منٛز اب، اب کُنہٕ کُنہِ اا۔ ب ج تہٕ کینٛژون جاین اب۔ اج۔ یمن ہنٛزٕ ترتیب وار مثالہٕ چھےٚ یتھہٕ کٔنی۔

(ا)

پہٗ درایس کرانہِ کڈٕنم کل
گیم نالی چانٕی جانٕدِ ہانٛکل
پیٛم مۆلی ختدِ تے پامو
ولو معشوقہِ جانانو

(ب)

ڈالہِ نی نم أی شاہسوارن
حالہِ اکہِ گوم لاسن زِیے
مۆت چھہٕ گومُت پنہٕ نٮ۪ن کارن
چھس بہٕ پیٛاران سُہ کر یِیے

(ج)

تراو برتل سرخم چاوہ نے اِد جامِ جم
ساقیس دَردَس چھتو سالہِ پتوسون یِیے

(د)

أی سروِ نازن خوبصورتن
ونہِ کس پھنٛدِ دل ہتھ ژۆلے
توہہ ما ڈیوٹھۆن مانٛز چھس اتھن
کتھن کمہِ سونہِ روٗٹ میٛون یار

رحمانہٕ ڈارنہِ شاعریہ ہنٛز اکھ خاص خاصیت چھےٚ ہم آہنگ لفظن ہُند استعمال تہٕ ہیٛجلبن ہُند تکرار۔ واریاہن شارن منٛز چھہٕ شاعرن ''ن'' اکھر بِھری

پھرِ ورتاوٕمت یتھ منٛز تٔمۍ ہنٛز اہم ترین نظم شش رنگ تہٕ شأمل چھےٚ۔ رحمان ڈارٕنِس اکثر بأتن ہنٛز زبان چھےٚ سیٚز شوٚز تہٕ روان۔ تٔمۍ ہندس دورس منٛز یدوے فارسی زبأنۍ ہُند چلے جاواوس تہٕ یہ زبان اُس کشیٖرِ منٛز علمی زبان تصور یوان کرنہٕ مگر پننہٕ ٹمن باتن ہم عصر صوٗفی شاعرن ہندی پأٹھۍ ورتأوۍ تٔمۍ سہل شوٚز کأشر زبان۔ صوٗفی اصطلاحو منٛز تہٕ ورتأوۍ تٔمۍ تمے یأتی اصطلاح پننہٕ شاعری منٛز یم عام فہم تہٕ ویٚدی اُسی بلیمتی۔ تتھے کٔنۍ گٔرۍ تٔمۍ قرآن شریفکۍ کینہ لفظ تہٕ لفظہٕ ترکیبہ پننہٕ شاعری منٛز استعمال یم عام صوٗفین ونہٕ تہٕ ویٚدی چھہ۔

رحمان ڈار چھُ پننہٕ صوٗفی لَیہ کٔنۍ ماورأیی حُسنک عاشق تہٕ پننہٕ شاعری منٛز چھِن پننہٕ نس بے نظیر تہٕ لامثال ماشوٗقس تعریف گٔرۍ متۍ تہٕ تسنٛزِ ے یَوہ بُرہٕ مگر امہٕ باوجوٗد تہٕ چھُ سُہ گاہ بگاہ اتھ ابدی تہٕ لازوال حُسنس زمینی تہٕ مکأنی جلون منٛز وُچھان یُس یتِمہٕ کتھِ ہنٛز ترینہٕ وَن چھُ زِ سُہ چھنہٕ پانس اُندی یکِ فطرت کِس حُسنہٕ گنجن نشہٕ بے خبر تھٕکہ چھُ سُہ زمینی حُسنس منٛز تہٕ ابدی حُسنک جلوٕژ ھاران۔

اَتھن چھِس مأنٛز زبر لُجمو    اولوالعباد رَتے رٔنجمو

وُچھِتھ ڈٔلی ہوشہٕ مستانے    تیم کر یار جانانے

جنگلو بوزِم پُری آلو    وُچھم پزٕ اُتھ سنگین تالو

گُنم دوگنیار گنبر وانے    تیم گر یار جانانے

اُندی اُندی بہٕ پھیوٗرس کوہسارس

وتہٕ وتہٕ آم چأنی پأغام

کتھ سنا شاہہ بوٗتھ سبزارس
بال پزارس عشقہٕ مُقام

تھزرے پیٹھ نظر ترٛاو بازر وچھ ژٕ تماشا
بازر پیٹھ تہٕ لوٗکہ ناکوٗنہٕ متیو زوٗنہٕ گندونا

کاشرِ شاعریہ منٛز ییٚدوے سراپا لیکھنچ باقاعدٕ روایت رُسل میرس پیٹھ میلان چھےٚ تہٕ یہ فنِ عشقیہ تہٕ بزمیہ شاعریہ منٛزے کاڈچھٕ کڈان تاہم چھِ کاشرِس منٛز امکو ابتدأیی نموٗنہٕ رحمان ڈارس نشہٕ میلان۔

چھُ مشہوٗر سروِ سمن عالمس
خشم چھس مست چشمِ بادمس
سوٗمبل چھِن بستہٕ گری ہتی زُلفِ خمس
ہران چھس شمہٕ شبنم روخسارس

چھےٚ کیٛا تس کامرانی سروِ قدس
صفتھ چھی بے حد تس لاحدس
یُہ گس سنہٕ ہی مدن ییہ نہٕ دردس
تمس کانہہ طوطہٕ واتی نہٕ گُفتارس

"بوٗستان" "سیم کریار جانانے" "پیمانہٕ بہٕ چاوٗنس" کتھن کمہٕ سونہٕ روٗٹ میوٗن یار" "عشقن افسان چھےٚ ونان رحمان" "ولو معشوقہٕ جانانو" بال

حژاُونس عشقہٕ مقام'' ''متیٚو زوٗنہِ گندونا'' لولہٕ نارن ہےَ زاۓ جنس'' '' وغاُر باُتھ پرٕتھ چھُ باسان زِ یِمدوے شاعرن ذاتی جذبن کاپہٕ رٔتھ شعوٗری طور پرن واُلسِ اُکس خاص ماینہٕ کس سوٗتھرِس کُن راہنماُیی چھُ کران۔ تاہم چھُ یمن باُتن منز تمی سُند فطری حُسنس کُن ماُیل آسنک تہِ اشارٕ میلان۔ تمی سُند ذہن چھُ حُسن شناس تاہم چھُ سہٕ اتھ حُسنس منز ازلی تہٕ ابدی معنہٕ ژھانڈنچ کوٗشش کران پتھن وجوٗد تہٕ چھُ تمس اَمی ازلی حُسنک اکھ حصہٕ باسان مگر سُہ چھُ امہِ حُسنچ ابدی سرمستی حاصِل یژھان کرٕنی۔

کیٚا ہ ونس کیٚا دپس کیٚا کرس ناو
جلوٕگر دژاو بے نشانے
بے رنگ رنگس منز باگ ژاو
بہار آو جان جانانے

بُلبُل گو دیوانہٕ
گُل نےٚ ہوان خوشبوے
گاہ چمن گاہ نیستانہٕ
جانانہ وُچھ ہرروے

گنجے حُسنس مےٚ کڈنم کل
زِ اُلفت خس موژے یَس گُل

ژے رؤس کیٚتھ سنا مے آرامو

دلو معشوقہِ جانانو

یتھ کٕنۍ چھُ شاعر مادرأیی حُسن بیان کرنہٕ خاطرٕ فطرژ منز تشبیہ تہٕ استعارٕ ژاران تہٕ زہنی حُسنس مالکہ رنہ روٗ زِتھ تہٕ امہٕ نشہٕ مُتاثر آسنک غار شعوٗری تہٕ غار ارادی پأٹھۍ اظہار کران۔ امی شکلہٕ ہُند بیاکھ پہلو چھُ یتہٕ زِ شاعر چھُ اکثر بأتن منز اکایل تصورن کایل صوٗرژن منز تلاش کران۔ کُنہٕ کُنہٕ چھُ یہ گمان تہٕ گوھان زِاکھ ژھرز تہٕ ژھرزٹ کروٗنی لولہٕ مُو چھے اُکس زہنی محبوٗبس پتھ پھلو اسپدِتھ بیچارگی ہنز حالو منز بربگہٕ نالہٕ دوان تہٕ باکہٕ ژھٹان تِمۍ سُند دوکھ ہوٗت گُفتار چھُ ذأتی اُستھ تہٕ آفأقی تہٕ کاینأتی تہٕ تِمۍ ہنز فُری یأدٕ لے چھے لولہٕ کِنِن جذبن وُتش دِوان۔

رحمان ڈارنہٕ وٕنِکو سیأسی وولہٕ ہُرشہٕ تہٕ اقتصأدی تہٕ سمأجی بدحألیہ ہندی واقات زأنِتھ چھُ یہ اندازٕ کرُن سہَل زِاُتھ دورس منز آسہٕ ہن نہٕ خالص ادبی محفلہٕ تہٕ بزمہٕ سپدان البتہٕ روٗ داد ب تہٕ شأعری صوٗفی حلقن منز نبشونک پأٹھۍ لوٗکن ہندی مَن رنوناوان تہٕ خیالن نوٗزکی بخشان۔ ممکن چھُ رحمان ڈارس آسہٕ ہے پٔنہٕ وقتہٕ کِمِن تِمن بُورگن ستۍ قریبی تعلق یم صوٗفی آسنس ستۍ ستۍ سخن گوتہٕ سخن سنج آسہٕ ہن۔ تکیاز پٔنہٕ وقتہٕ کس اہم صوٗفی شأعر سوچھ کرٕال نہٕ اندازٕ کی ہیتی انہار چھ اسہٕ رحمان ڈارس نشہٕ میلان۔ بگی کہٕ چھِ کُنہٕ کُنہٕ جایہ کینٛہہ فِقرٕ تہٕ مصرتہٕ یمن پانہٕ وأنۍ رلان تہٕ شارن ہُند ٹلہٕ تزاد تہٕ لے تہٕ۔ مثالے یم بند۔

ہاۂ مو لاگم ہانوہ ڈنگس
کاۂ زؤنہِ کاسم گزوییے
کمہِ کاۂ گاٹھس
حال وچھکھ میون یے

(سوچھِ کرال)

آدأے روزِ بے نہٕ اکھ دانے
ژور پیارِ واژم پژارانے
عارِ رستہِ بے عارِ جانانے
کاۂ زؤنہِ کاستم گزوییے

رحمان ڈارٕنی وٕنی متیٚ "پدٕ" یدٕ وے لؤکن منٛز زیادٕ مقبۆل سپدی نہٕ تاہم چھِ یم پنہِ ہیتی اندازٕ کنٛی ٹنٛدِ ڈارنس "ڈولکھِ شار" پدٕس متیٚ رلان۔ ضرؤری چھنہٕ زِٹنٛدِ ڈار تہٕ رحمان ڈار کیٛاہ آسن پانہٕ وأنی سمکھیمتیٚ یا یم کیٛاہ آسن اکے زمانکی مگر یوسہٕ کتھ توجہس لایق چھےٚ سو چھےٚ یہ زِ تتھ دورس منٛز ییلہِ نہٕ رسمی طور شارِ ہیٚو اکھ أکس سمجھاونہٕ ممکن اوس خاص کٔرِتھ تمن شأعرن ہندِ خأطرٕ یم نہٕ رسمی طور پٔری متیٚ لیٚکھی متیٚ أسی تہِ آسہٕ ہَن سوخن فہم تہٕ سوخن شناس صوٗفین ہنٛزن مجلسن منٛز موضوٗع ہُر یمانہٕ شأعری ہندبن دویمین محاسنن پیٹھ تہٕ بحث ووتھان تہٕ امہِ خأطرٕ آسہٕ ہَن مُقأمی شأعرن ہندی بأتھ تہٕ زیر بحث یوان ییمہِ کنٛی یمن منٛز موضوٗعی تہٕ ہیتی ہشر تہِ ونہِ یوان چھُ۔ چنانچہِ رحمان ڈار نِس کأنِسں ہم عصر احمد بٹہٕ وأرِنی نظم "بانصیب واتان ہردربارس" پٔرِتھ چھِ وٕلی وٕلی رحمان ڈارٕنی بأتھ "معرفت

وتان رحمان ''ماںجھ ٹلر'' تہٕ ''تی چھس لکھ والان'' یادپوان۔

زٕپتھ وڑنم یتھ خاکدانس
دوپ ہس ھض انسان
سأری مطلب نشہِ چھی پانس
حبس کونہٕ چھی واتان

نحن اقرب مِن حبَل الورید
چھے گواہ آیہ فُرقان
بانصیب واتان ہردربارس
بے نصیب تتہِ حأران

(احمد بٹہٕ وأری)

زٕپتھ دیتنے یتھ خاکدانس
بینأیی پأری زان
سأری مطلب نشہِ چھی پانس
حبس کونہٕ چھی واتان

(معرفت وتان رحمان، رحمان ڈار)

بیوٗن بیوٗن ملتن بیوٗن بیوٗن تأثیر
بیوٗن بیوٗن چھکھ سامان

رب العزّن گناہ دچھ نوونس
تھوونس پریشان

ہلس تہٕ تھلس ہیوٗن ہیوٗن دلالت
قوورتس لگے قوربان
بانصیب واتان ہر دربارس
بے نصیب تتہٕ حاران
(احمد بٹہٕ واری)

دُنیاہس اند رچھے لچھ بَد ذاژ پھٕہلتھ ذرٕ ذَرے
ہفتاد ملت اعلا ادنا، رُژ ہتہ چھم دردَس
(مانچھ تکر ۔ رحمان ڈار)

تدبیر کران دُمرٕ مالہٕ رأوِم تقدیر آم نوونے
یِلأنی لیوٗکھنم لوحِ محفوظس تی چھس نکھہٕ والان
(تی چھس نکھہٕ والان ۔ رحمان ڈار)

یوہ ہکن ییٖہ تہٕ رکوٗ مثالہٕ أستھ یمو کنٕ رحمان ڈارس پتہٕ ینہٕ والین صوٗفی شاعرن یا گنہٕ گنہٕ ماباتیٚ شاعرن پیٹھ تمی سُند اَثرٕ ذٔنی راونہٕ ہیکہٕ یتھ یمہٕ کنٕ اَسی رحمان ڈارنہٕ باگہٕ بُرٕ ژ شاعرانہٕ شخصیو ہُندتس پتہٕ لبکھنہٕ آمِو شاعریہ پیٹھ اثر بد ہکو کڈِتھ۔

چنانچہٕ وننہٕ چھُ یوان زٕ رحمان ڈارن ییلہٕ ''شش رنگ'' نظم لیچھ تمہٕ پتہٕ باقیٚ کینٛہو شاعرو تہٕ لیچھ شش رنگ ہفت رنگ تہٕ ہشت رنگ ناوچہٕ نظمہٕ یمو منٛز

کیٛہہ ساٲنِس گوٚن والین از تہٕ یاد چھےٚ۔ روٲیژ کنہٕ چھےٚ رحمان ڈارٕنۍ ''شش رنگ'' امہٕ قبیلٕچ گوڈنیچ نظم۔ یتھ متعلق مےٚ کاشرۍ شاعر محترم ظریف احمد ظریف صأبن اَکس بزرگس نشہِ بوٗزمٕژ یہ روایت بیان کرِزا کہِ دوہہٕ اوس رحمان ڈارس ناوِ منز درگاہ شریف ترٕن۔ ناوِ وسوٗنےٚ ڈچھتمۍ زٕ ہاتنوٕ لڑاےٚ تہٕ وادواد کران تہٕ اَتھی منز کوٚرا کہِ واد ''اَژی اندر نتہٕ ہے ونےٚ بہٕ شش رنگ'' دپان رحمان ڈارن ووٚن پننہٕ نس چیلس گٕن زِیم زنانہٕ ہمکن شش رنگ ڈٕتھ تہٕ اَسہٕ چھنہٕ از تاژٕ اکھ رنگ تہِ وونمت تہٕ اَتی ہیوٚن یہ نظم ونٕنۍ تہٕ درگاہ واتنس تاژٕ کرٕنۍ یہ نظم مکمل۔ یہ ووژھ منزی کتھ تہٕ پنٕنۍ اصل کتھ بروٚنہہ پکناوان وَنوٲسی یہ زِ رحمان ڈارٕن اثرتس پتہٕ ینہٕ والین شاعرن پٹھ آسن چھُ ییٚمہٕ کتھِ ہنٛز ڈلیل زِ سہٕ چھُ کاشرِ زبانۍ ہُند اکھ اہم روایت ساز شاعر۔



# رحمان ڈارنہِ کیٚہنہٕ مشہوٗر نظمہٕ

## اکھ سرسری موٲلکون

شش رنگ :- شش رنگ چھےٚ رحمان ڈارٕنۍ سارِوٕے کھوتہٕ مشہوٗر نظم یوٚسہٕ بے شک کُلہم کاشرِس شارٕ سرماَیس منٛز اکہِ خاص دورٕچ نمایندٕ نظم چھےٚ۔ کاشر نظمہِ ہندس صنفس چھےٚ وٕنیس تانۍ مینٛز۔ کنٛہ سارِوٕے کھوتہٕ مشہوٗر رِہیے نظم۔ دلچسپ کتھ چھےٚ یہ زِ ییٚتہِ بیشتر اہم کاشرٕ بن شاعرن ہندۍ ناو تہ ہندۍ تخلیقو کھوتہٕ زیادٕ لۄکن ویٚدۍ چھِ تتہٕ چھےٚ یہ نظم لکھارۍ سندۍ ناوٕ کھوتہٕ زیادہ مشہوٗر۔

شش رنگ وٕنۍ تھےٚ چھُ رحمان ڈارتہٕ رحمان ڈارُن ناو ہیٚتھے چھُ گوڈٕ یہنس منٛز شش رنگ نظمہِ ہُند ناو یاد پیوان تہٕ اتھ ستی چھےٚ سولے پاٲنۍ پانے ذیہنس منٛز ڈگنگراوٕنۍ ہوان۔ یتھ منٛز یہ ئۆپاٲٹھۍ گوہنہٕ چھےٚ یوان۔ یہ بیان چھُ بذاتِ خود ییٚمہِ کتھہِ ہنٛز دلیل زِ بخٛشٕ ییتہِ تخلیق کار چھےٚ رحمان ڈارس کاشرس ادبہٕ کِس توٲرٖیخس منٛز زبردست اہمیت۔ بقولِ امین کاٲمل "یہ نظم چھےٚ حسین اظہارٕچ اکھ اعلا نمونہٕ یوٚسہٕ ہمیشہِ باقے روزِ۔"

شش رنگس متعلق چھِ نقاد و تبصرہ تہٕ لیکھی مژ تہٕ امہِ کمن فی گونن چھاہ ہاژ پٹھ پاٹھی سام تہٕ ہیوٚ ہو۔ صوٗفی مجلسن منز چھےٚ یہ نظم گوٚنہ تہٕ پرنہٕ تہٕ آمُت تہٕ اتھ پٹھ چھِ کُنہ یا بحث تہٕ سپدی متہٕ۔ موسیقارن تہٕ گوون والین ہند خاطرٕ تہٕ چھینہ یہ نظم دلچسپ۔ یہ نظم یمہِ اندازٕ یوٚ پاٹھی گوٚنہ چھےٚ یوان تتھ متعلق چھُ یہ ونہٕ یوان زِ یہ گیوٚ مشہوٗر لگہٕ فنکار غلام احمد صوٗفی صاٰبن گوڈ نکہ پھرِ امہِ اندازٕ۔ تس پتہٕ یمو گوون والیو یہ سازس پٹھ کھاٗج تموٚ تہٕ ورتاو امہِ خاطرٕ یہے لَے۔ شش رنگ گوٚنک یہ انداز چھُ لوٗکن ہند بن ذیٚہنن منز تتھہِ پاٹھی بیوٚٹھمُت زِ باسان چھُ زِ امہِ خاطرٕ چھےٚ یہے لَے تہٕ آہنگ امہِ کہِ تخلیق سپدنہٕ پٹھ متعین۔ یہ چھنہٕ پتاہ زِ غلام احمد صوٗفی صاٰبن ییلہِ یہ امہِ اندزٕ موسیقی منز پیش کٔرتس بروٚنہہ کنہٕ اوس شش رنگ گوٚنک بدل کانٛہہ طریقہٕ۔

یتھٕ کٔنی چھِ کینٛہہ نقاد نظمہٕ ہندِس مانیس، کینٛہہ طرزِ اظہارس تہٕ کینٛہہ امہِ کس آہنگس منز امیک حُسن تلاش کران آمتہٕ تہٕ حقیقت چھےٚ زِ شش رنگس منز چھُ یمن سارِنی عُنصرن ہُند اکھ مارٛٔ موٗنڈ امتزاج نظرِ گوھان۔

نظمہٕ چھِ شےٚ بند تہٕ شاید چھس امی نسبتہٕ شش رنگ تہٕ ناو۔ نظمہٕ ہُند عروضی نظام چھنہٕ رِوایتی تہٕ رسمی عروضن ہندِس دٲیرس منز وپان مگر تمہٕ باوجوٗد چھُ پرنہٕ وِزِ امہِ کہِ لہجک ٹُلہٕ تزٕ اواتھ انٛدٕ وندٕ اکھ خاص سازٕ ت پاٗدٕ کران۔

نظمہٕ ہُند قاٗفیہ ورتاو تہٕ چھُ دلچسپ۔ پرٛتھ بندس منز چھِ گہہ گہہ پھرِ اکس خاص ترتیبس منز اکی قاٗفیکی لفظ استعمال سپدی متہٕ۔ یتھٕ پاٗٹھی چھِ دَن، وَن، پَن، گَن، مَن تہٕ تِن قاٗفیہ دار لفظ الگ الگ بندن منز تکرارٕ سان استعمال کرنہٕ

آمتیٚ ۔ یمو قٲفیہٕ دار لفظو ہٕنٛد یمانہٕ تہٕ چھہِ نظمہِ منٛز قٲفیس بٔتیٚ رلہٕ وِنہٕ لہجہٕ تہٕ ٹلہٕ حٕز بوٚکِ تِتھی لفظ استعمال سپدی متیٚ یمن اُخرس پیٹھ ''ن'' اَتھرِ نے حرکو صورژ منٛز یوان چھہٕ ۔ یٕتھ بندس منٛز چھہٕ ''تے'' لفظ ژورِ لٹہِ ورتاونہٕ آمت ۔ صوتی اعتبارٕ رلہٕ وِنمن لفظن تہٕ ہیجلن ہنٛدِ پھرِی پھرِی استعمالہٕ کِنۍ چھہٕ نظمہِ منٛز سازٕت پٲدٕ گومٕت ۔ نظمہِ ہُنٛد یہ گون چھہٕ امیٚک اکھ خاص امتیاز یُس رٕژھراونہٕ خٲطرٕ کُنہِ کُنہِ گوڈنچہِ نظرِ منٛز قٲرِی لیس مانیٚک ربط پھٕٹنٛک ہیٚوٚ تہِ تاثُر چھہٕ دِوان تہٕ یہ ربط بٔدٕ کڈنہٕ خٲطرٕ چھہٕ پرن وٲلِس بذاتِ خود اکِہِ تخلیقی کیفیژ منٛزی سفر پیوان کرُن تہٕ قٲری چھہٕ تخلیقی عملہِ منٛز پانہٕ شریک سپدان ''شش رنگ'' نظمہِ سام ہیوان چھہٕ پروفیسر رحمان راہی امی نادِ کِس اَکِس مضمونس منٛز بیٚنِس اَکِس تنوظرس منٛز لیکھان زِ ''دپان پرن وول چھہٕ نہٕ شار پران بلکہ کِہ چھہٕ شارے پرن وٲلِس سُند وہو دپران تہٕ ادِ یٕژ تاہ ڈسوار، یٕژ تاہ تہدار تہٕ یٕژ تاہ بٕرسود پرن وول آسہِ تیٚژ تاہ گرٕھبس شارٕک مانہِ تہِ حٲلی تہٕ تمکی جہاتھ تہٕ پنُس اتھہِ''

لمہِ اہم تہٕ ماٚنٛز متہِ زاٚنٛز متہِ بیانٛچ سارِے توژھ تہٕ تیٚمہٕ چھہ راہی صاٚب صرف یہ ثابت کرنہٕ خٲطرٕ صرف کران زِ امین کاٚمِل صاٚبن ''شش رنگ'' نظمہِ ہُنٛد مطالعہ چھہٕ بقول تہنٛدِ سرسری تہٕ اڈلیوٚک ۔ اتھ برعکس چھہٕ سون مقصد یہ یژکول تہٕ پرکھومٕت بیان شش رنگ نظمہِ ہنٛدِ حوالہٕ یہ کتھ زاٚنٛز راونہٕ خٲطرٕ بیان کرُن زِ یہ نظم پران پران چھہِ یٕژی کِنۍ قٲری لیس پانہٕ مانیکی تم گوشہِ بٔدٕ کڈٕنۍ پیوان یمیٚک براہ راست تہٕ سیدِ سیٚوٚ دٕ ذکر نظمہِ منٛز چھہٕ نہٕ سپدمٕت تہٕ اتھ جایہِ چھہٕ پرن وٲلِس سُند مطالعہ تہٕ مشاہدٕ تس اتھہٕ روٚٹ کران ۔ مثالے نظمہِ ہُنٛد یہ دوٚیِم بند۔

یاونہٕ اُکِس تن ناوَن تے

ہاوسہٕ چھُنہٕ چھاون

کیا ونہٕ یکِتی گۓ اتھِ ہاوَن تے

یہ چھُ دُنیا تاوَن

یہٕ چھِس نہٕ وتراون تے

تس چھُنہٕ کانٛہہ تہِ باون

مِلون پچھےٚ مےٚ تہٕ تس کتھِ تراون تے

لُکھ چھِم مُوراون

یمن شارن منٛز وہٕ تلن واُلس نسواُنی شعری کردارس پچھےٚ شکایت زِہٕ پسندِ مارِ متہِ تمہِ یاونہٕ یتی یایاونس منٛز چھلہِ چھلہِ پان تھاوِیا وسہٕ چھُنہٕ تتھ شیرِ تھ تہٕ پزتھ پانس چھاونہٕ خاطرٕ آبادٕ سپدان۔ امہِ پتہٕ دوشِہس شارس منٛز چھُ پرن واُلس گوڈنکس شارس یتی مانیک ربط پاُنی پانے میلنہٕ بدلہِ یہ اختراع کرُن پیوان۔ سُہ یتھِ پاُٹھی زِ اُمس کردارس چھُ دنیاچہِ ناشباُتیہٕ ہُند احساس گنان۔ تقدیرٕ چہِ بالا دستیہٕ ہُند قایل سپدِتھ چھُ پانس یہ تسلی دِنس پتھ آبادٕ کرنٕچ کوٗشش کران زِ دُنی یہس منٛز چھُنہٕ پزتھ کانٛسہِ تہِ میلان یِیمہِ چہِ سُہ سُو چھُ کران تہٕ اُخرس چھُ پزتھ کانٛسہِ ژھرِ وے اَتھو یِتہِ نیرُن پیوان لہٰذا اگر اُمس کردارس تہِ پننہِ وبوھنہٕ باوجود وصل ہیوٚ کنہٕ سپدِتھ یہ چھُنہٕ اُمی سُندے یوت لون بگی کہِ اُمی سے ہیوٚ چھِ دُنی یَہس منٛز واریہہ لوٗکھ گذرِ یمتی۔ تژیمہِ شارٕچ مُناسبت چھےٚ یتھِ پاُٹھی ژھانڈنی پیوان زِ تقدیرٕچ یہ بالادستی مانِتھ تہِ چھُنہٕ شعری کردار پننہِ نِس اضطرابس

ہۆمرٲ دِتھ ہبکان۔ پٔتن گنڈرن چھُنہٕ معشوقس ہاوتھ ہبکان تہٕ نہ چھُ دۆیم کانٛہہ تیٚتھ یُس تسنٛز یہ حالتھ تسند بن کنن کرِ ہے۔ بندٕکس اَخری شارس منٛز مانیک یہ رابطہ تلاش کرنہٕ خاطرٕ چھُ پرن وٲلس یہ مانٛتھ برونٛہہ کُن پکُن پوان زِ لُکھ چھِ شعری کردارس تہٕ کیٛتھاوتھان ییٚمہٕ ستۍ تس تلواس چھُ ووتھان تہٕ موٗر چھُ یوان۔ شاید یِیہِ زِ سہٕ سپدِن پننہِ تقاضہٕ نشہٕ دستبردار تہٕ شاید چھِ لُکھ شعری کردار تہٕ تسندس معشوق سُند مێِل فطری، عقلی تہٕ منطقی اعتبار امکانس خلاف زانٛتھ یا تہٕ شعری کردارس نصیحت یِژھان کرٕنۍ نتہٕ زُرکہٕ تہٕ پامہٕ دِتھ پھودِٹلان مگر شعری کردارس چھُ ییٚمہٕ کتھِ ہُند یقین زِ سُہ تہٕ تسُند محبوٗب چھِ آدنے اکھٲکۍ بندِ خاطرٕ بنیمتۍ تہٕ یِتھہٕ کٔنۍ چھُ محبوٗب عاشقہٕ سندِ وجوٗدُک حصہٕ یِتھ نہٕ سہٕ منٛزرٲ دِتھے ہیکہِ۔ گویا یہ شار چھُ تِتھے کٔنۍ پرن وٲلس مانیک سہٕ سفر پانہٕ طے کرنس پیٹھ مجبوٗر کران یِتھہٕ کٔنۍ لل دیدِ ہندس یِتھ واکھس منٛز قٲری دویمس تہٕ ترٛیمس مصرس درمیان مانیکۍ سرحد چھُ تلاش کران تہٕ بدِ کڈان۔

نابدٕ ی بارس اَٹہٕ گنڈ ڈیٚوٗل گوم
دیٚہہ کاڈ ہۆل گوم ہبکہٕ کہیو
گورٕ سُند وٕنُن راوُن تیٚوٗل پیوم
پہلہِ روس کھیٚوٗل گوم ہبکہٕ کہیو

گورن کیٛا وون شعری کردارس تہٕ چھُنہٕ معلوٗم مگر راوُن تیٛلیک لیس احساس شاعرس نشہٕ وَنہِ چھُ یوان یا بیان چھُ سپدان سہٕ چھُ اسہِ یہ سوچنس یا مانس پیٹھ آمادٕ کران زِ تس آسہِ وننہٕ آمُت زِ سُہ ژھٔنِن گوٚیمُتس میٛٹھس بارس نکھہٕ پیٹھ ترٲوِتھ یا

ووجۂ دِ منز لوٗ ژرأ وِتھ لہٰذا اگر زیرِ بحث شش رنگ ،کس بندس منز سائنس شعری کردارس یہ ونُنے تہٕ ونہٕ چھُ یوان زِ سہٕ مُشرِن پنہٕ نس معشوقس سٕہ چھُنہٕ ییمہٕ خیالہٕ اتھ پتھ آماوُ سپدان تِکیاز تس چھےٚ پڑھ زِ سہٕ تہٕ تٕسند محبوٗب چھِ اکھأ کی ہند اڈٕ لیکھ حصہٕ ۔ ووٗنی گو یہ چھُنہٕ شار بندن منز بیان سپدِ مُت زِ لُکھ کیاہ چھِ تس ونان یتھ پتھ سٕہ مورس چھُ ووتھان ۔ مانیک یتھ ہیوٗ منطقی ربط چھُ نظمہِ ہندبن باقیٕ بیوٗن بیوٗن بندن تہٕ شارن منز تہٕ تلاش کرُن پیوان مثالے ترٛیمہٕ بندُک یہ گوڈنکے شار ۔

وپِن چھس نہٕ میون لُکھ کیاہ دپَن

تے تنہٕ چھس زہَر ژاپن

معشوق چھُنہٕ شعری کردار یا عاشقہٕ ہنزٕ کنہٕ کتھہِ کانٛہہ بوبر تھاوان ۔ شعری کردار چھُ یہ سوٗنچتھ پریشان گوھان زِ تٕسندس ونس معشوق ہندِ قدر نہ تھاونہٕ ینہ بکنٛی کرن لُکھ تہٕ تس حقارت تہٕ سٕہ چھُ تنہٕ پتھ اندری اندری زہرٕ چ ہش دَگ تہٕ تچھر وبتراوان مگر سوال چھُ یہ زِ کتہِ پتھٕ ؟ وتنک یہ ژھنن یُس نہٕ بیانے چھُ سپدِ مُت چھُ پرَن وأ لس پانے پرُ ون پیوان پتے نہٕ بکی کہِ امہِ ژھننہٕ بروٗنہہ دوٗن بکردارن ہُند رشتہٕ تہٕ اکھأ کس نسبت زٕ دی یہ زانُنہٕ خأطرٕ چھُ پرَن وأ لس شعری یا تخلیقی عملہِ منز شریک سپدِتھ بازیافت کرٕنی پیوان ۔

نظمہِ منز ووتلن وول شعری کردار ، تمہٕ ہندی جذبہٕ ، سوچن تراے تہٕ باوٗ ژانہار چھِ سراسر نسوأنی ۔ یتھ کٕنی چھُ شأعر عأرفانہٕ بکفیٔون عقلی تہٕ انسأنی سطحس پتھ انٛج کوٗشش کرِتھ مقأمیت بخشان تہٕ انسأنی رنگس منز پیش کران ۔ لول چھ اکھ آفاقی

جذبہٕ تہٕ متضاد جنسن درمیان لوٗلچ باوَتھ چھےٚ جنسی لذتن ہند بن سرحدن کُن تہٕ انسانس ظوٗن پھِران تہٕ۔ یتھہِ کُنہِ چھُ لوٗلُک شدید جذبہٕ بیان کرنہٕ خأطرٕ شأعرن اکھ کارگر وٗسیلہٕ اختیار کوٗرمُت۔ نظمہٕ ہندس گوڈنکی سےٚ بندس منٛز چھُ سُہ ونان۔

یہ دود نرٕن مادن تے
چھم گوھان برأنتی نادَن

شأعر ہندِ ونہٕ کُنہِ چھُ لول نرٕ تہٕ مادٕ دوشوٕنی جنسن ہُند اکھ فطری جذبہٕ۔ یتھ جایہٕ ہیکہِ یہ سوال تہٕ ؤتھِتھ زِ شأعر کیازِ چھُ فطری طور طریقہٕ مُنٛرتھ تہٕ پانہٕ مرد أستھ نظمہِ منٛز زنانہٕ کردار تخلیق کٔرِتھ تسنٛزِ زیوٗ جذبن ہنٛز پُرسوز تہٕ پُر درد ترجمأنی کران اکھ وجہ ہیکہِ تس بروٗنہہ کنہِ موجوٗد کأشرِ شأعر یہ ہنٛز روایت أستھ تہٕ تمہِ کھوتہٕ اہم یہ زِ نظمہِ منٛز چھُنہٕ محض بر بگہٕ لولٕکیٚ یوت اظہار بلکہِ کہِ چھُ شأعر جبلی خأہشوٕہُر یمانہٕ نسوأنی لولہٕ کیٚن مخصوٗص طور طریقن تہٕ سوچن تز لیہٕ ہنٛز باوَتھ کٔرِتھ لولہٕ کِس جذبس منٛز شدت پأدٕ کران۔ چنانچہٕ معشوقس پانس کُن مأیل کرنہٕ خأطرٕ شعری کردار ہنٛزِ سُو تہٕ تیأریہ، معشوق ہنٛزِ لاپرواہیہ تہٕ شعری کردار ہنٛز توٗہ تنبلی ہتیٚ ہتیٚ تسند دوٗ یمین ہنٛزن کتھن تہٕ پامن متلق سوچن درٕ چھ تہٕ زِ ہنٛچ بیقرأری تہٕ تتھ ہتیٚ زبان حدٕ رٕ ہنٛچ مجبوٗری یمہٕ سارے کتھہٕ چھےٚ نظمہٕ ہندس مجموعی تاثرس برٕ ژر کران تہٕ شدت بخشان۔ شأعر اگر عاشقہٕ ہندِ خأطرٕ مذکر صیغہٕ ورتاوِ ہے نظمہٕ ہُند یہ شار بنہِ ہے تیلہِ سراسر سطحی تہٕ بے جان۔

دِپس تنہِ مُور جامن تے
تتھ چھم نہٕ روے سمن

تہٕ یہے حالتھ سپد ہے نظمہٕ ہند ہن باقے حسن ہتھرتہٕ ۔ نظمہٕ منز موجود تشبیہہ
تہٕ عمل یُدوے خارجی سطحس پیٹھ تہٕ مجازی مانیس منز خود کفیل چھے مگر نظمہٕ ہند
اُخری شار چھُ پرن وألس دُبارٕ تہٕ پھری پھری تمن سترن دوتت ژھانڈنچ کل
کڈان ۔ یم نہٕ پتھے ولنہٕ نظرِ تل چھِ یوان ۔ یہٕ صورتحال چھ شعری کردارس ، بذات
خود تجربہٕ کار شاعر رحمان ڈارس تہٕ پرن وألس حارتس منز ترٛاوان ۔

حارتن چھُ رحمان وول معرفتن تے

شش رنگ وٕنُن دفتن

پرن وول یام نظمہٕ بیٛیہٕ تہٕ بیٛیہٕ پران تہٕ گلتان کران چھُ نظمہٕ ہُند منفرد
اسلوٗب ، آہنگ تہٕ پُر کار تشبیہہ چھِ فکرِ تہٕ سوچس یہٕ دُلِی زتہٕ اغوا کرتھ سحر
کار صورتحالن ہُند نظارٕ وُچھناوان ۔ یتھہٕ کُنہٕ چھے یہٕ نظم خیال تہٕ اسلوٗبک تیٛتھ اکھ
امتزاج پیش کران ییمیُک بیوٗن بیوٗن پأٹھی تصور ممکن چھنہٕ تہٕ یتھ کُنہٕ چھے اتھ
کأشرس شار سرمایس منز اکھ امتیازی شان ۔ بقول رحمان رأہی "شش رنگ چھے
کأشرِ زبأنی منز موجود اکھ اہم نظم یوسہٕ پتنہٕ بے سوکھ لیہٕ ، تنبیہ لیمتہٕ لہجہٕ ، دُبرایل مژرٕ
گُری یہ تہٕ پتنہٕ گدرن گژ یکہ تہٕ پھلوأے فُری یادٕ ستی پتہٕ مِس ہتس سوس
ہتس وُری لیس دوران لچھہ بد بن کأشر بن ہندی کن مُدراوان ظون وُچھلاوان تہٕ
مَن ریٛہہ ناوان اسہٕ تام وأژہو چھے ............ شش رنگ زبان چھے گوڈنچی نظرِ
پرن وألس وُہہٕ وِنہٕ نارٕ منزٕ وو پدن واجنہٕ اکہٕ ژھرٕ ژھرٹ کرو نہٕ ریٛہہٕ ہُند
شدید باس دِوان ۔ یہٕ باس چھُ اُکس ترتوھ زندٕ ، تیز حبس تہٕ انتہأیی بے سوکھ لولہٕ
موٗنش واتناوان یَس محبوٗبہٕ ہندی لولن ہَن ہَن چھے بُرہو تہٕ یوسہٕ بیچارگی منز زہر

چھےٚ ژاپان ...... نظمہِ ہنٛز یہ زنہٕ ژاتھ چھےٚ پنہٕ نوتموٗ تہٕ بےسوکھ لفظو ستۍ پنٛنۍ ساٗری واٗرۍ داتھ یہ ڈٲلۍ زتہٕ ناٹو داٗستھ ہا دکران تہٕ تمن ملمیٖنہٕ ملمیٖنہٕ کرناوان، تہٕ پرٛن واٗلس پنہٕ واٗنجہِ منٛز بزوان تہٕ پنہٕ ٹمن اچھن منٛز حاٗرتن کران۔ ...... یہ نظم چھے زمہٕ کنہِ خلوکھ جایہ بےشونکۍ پاٗٹھۍ اکھ ناگہ لتھ ڈزان ڈبلان، بکہٕ کران تہٕ گتہٕ یوان تہٕ چھیکرس اکھ ڈیہہ ڈن یپ ہُنتھ پران واٗلس ڈٕہتھ نوان تہٕ اُکس تھس عالمس منٛز واتناوان ییتہٕ ساٗری جہاتھ ودتلتھ چھِ یوان تہٕ ساری زاٗنۍ ہند تہٕ ماٗرۍ فنک حاصل حاٗرتھ چھُ بنان ...... لمہِ کس آہنکس منٛز چھِ پدتہٕ چھکر، واکھ تہٕ وژُن، وبد اکھ تہٕ نوٗن اکھ اُکس منٛز شٔرٛ پان باسان تہٕ اچھ کھسہٕ وَس تہٕ امیگ ودتلن تہٕ بوڈن چھُ اکہِ سِمفنی ہنٛز ہِش ہم صداٗیی پاۍدٕ کران ...... شش رنگ چھُ استعارن تہٕ مُرژن ہُند اکھ تیُتھ تمبرِ نوٗن یُتھ دزٕ ڈن کاغذ پرٕ زسوٗرۍ گوھنہٕ برونٛہہ پہن ہاوان چھُ۔ ہم آہنگ حرف تہٕ لفظ چھِ لہرِ برونٛہہ ہُنتھ منہٕ کس سوٗدرس تھتھراے ٹلان۔ خاص کرِتھ چھُ "نوٗن" حرفٕچ آوازٕ ستۍ مصرس مصرس نوٗن زن تیلان ...... نظمہِ ہنٛز جذباٗتی کیتہِ منٛز یرٕ وسان وسان چھنہٕ یہ ظونےٕ روزان زِ آیا نظم چھا ضاٗبطہٕ پاٗٹھۍ علمہ عروٗضچ تہٕ قاٗفیہ بندی ہنٛز پابندی وبتراوان کنہٕ نہٕ۔ یہ گیہ فنکارنہٕ واتناوِرٕچ سو حالتھ یتھ متعلق انگریزی شاٗعر کیٹس چھُ ونان زِ شار کمن کنہِ ہَن داٗتھ گوھ باٗسن زنتہٕ شاٗعرن سانہٕ نے بلند ترٕین وپواون زبو چھےٚ اُنۍ ہوتہٕ شاٗعری گوھ اسہِ نِش تتھہٕ کنۍ واتنۍ یتھہٕ کنۍ یہ ڈٲلۍ زِتہٕ کانٛہہ مُتھموٗ کتھ یاد پیوان چھےٚ"

بقول امین کاٗمل "یہ نظم چھےٚ حسین اظہارٕچ اکھ اعلا نمونہٕ یوسہٕ ہمیشہٕ باقۍ

روزِ۔ اَمِچ روانی، زنانہٕ زبان تہٕ جذباتی لہجہ چھُ انسانس اَکس بدلےٚ عالمس اندر
واتناوان نظمہِ منٛز چھےٚ اَکس تِژھ زنانہٕ ہنٛز پُر درد ترجمانی آمٕژ کرنہٕ یوسہٕ پننٮ
عاشقن ترٛاوِمژ تہٕ مُشراومژ چھےٚ مگر سو چھےٚ تمسندِ مارمتہٕ تہٕ تس ستی بیٚیہ اکہ لٹہِ
وٲصل گژھنہٕ موکھ حدٕ روٚس بےقرار۔ نظمہِ ہُند جنسی اظہار چھُ تیٚوت شدید زِ
امیک لکھُت "معرفت ونان رحمان"؟ چھُ زن گٔلی تیٚمبر ہ پیٚٹھ پتھر دارِتھ دِوان۔
اگرچہِ شاعرن چھُ یہ اکھ روحانی تجربے بیان کوٚرمُت مگر امیک لطیف تہٕ جنسی لہجہ
چھُنہٕ پزِ تس معرفتک یہ گوٚب بار وبترٛاوِتھ ہیکان۔ نظم چھےٚ تشریح بدلہٕ پرنک تہٕ
سرٛۆرِ ٹِلنک چیز"

کینٛژن ہُند خیال چھُ یہ زِ شش رنگ نظمہِ ہنٛز مشہوٗر یہِ ہنداکھ بوٚڈ وجہ چھُ سُہ
لَیہ گنڈُت ییٚتھ منٛز یہ غلام احمد صوٗفی ین گیوٚتھ پیش کٔر۔ ییٚتھ حدس تانی زِ پروفیسر
راہی ہیوٚ کہنہ مشق شاعر تہٕ نقاد چھُ لکھان زِ "پیٚرٕ ہن چھےٚ برنہے شبقہ زِ موجوٗدٕ دورس
منٛز کر یہ نظم صوٗفی صابنے یہ ڈٲلی زِ تہٕ ڈریافت تہٕ امہِ کہِ وُپھِ وُنہِ آرتیک رُت اثر
پیوٚ سانہِ اَزی چہِ کاٗشر موسیقی پیٹھ تہٕ" ہرگاہ صرف یہے کتھ پزٕ راسہِ ہے تیلہِ گوٚژھ
نہٕ عبدالاحد آزاد پننہِ وقتہٕ یہ لکھُن زِ "ماچھ ٹِلر" (شہد کی مکھی) اور شش رنگ" مشہوٗر
نظمیں ہیں" گویا غلام احمد صوٗفی نہٕ خاص اندازِ شش رنگ گوٚونہٕ کٔنہ سپٕز نہ یہ نظم
لوٗکن منٛز مشہوٗر۔ وونی اگر یہ تہٕ مانو زِ ییٚتھ مخصوٗص لہجس منٛز شش رنگ گوٚونہٕ چھےٚ یوان
تَیہ یا تتھ ستی رلہٕ وٕنی دوٚیم صوٗرت اَس صوٗفی صابس بروٚنہہ امہِ خاطرٕ ورتاونہٕ آمٕژ
تِتھ صوٗرژ منٛز تہٕ چھُ نظمہِ یہ امتیاز زِ امہِ خاطرٕ چھےٚ یہ تخلیق سپدنس ستی ستی لَیہ ہنٛز
تِژھ نوٚترٛاے کاٗنسہِ گنڈٕمٕژ یوسہٕ نہٕ سانہِ موسیقی ہندس لگہِ انہارس منٛز باقی جاین

ونہِ چھےٚ یوان تہٕ ضرور چھےٚ امہِ نظمہِ ہندی دأخلی آہنگن کأنسہِ اہم موسیقارس اورٕ گن گل کڈٕہنہٕ۔ نظمہِ ہندس آہنگس موزوٗن لےٚ ایجاد کرنک ضروٗرت چھُ امچہِ اہمیتُک ہُند نمایاں ثبوٗت آسنس ستیٚ ستیٚ یمہِ کتھِ ہُند احساس دِوان زِ پننہِ قبیلہٕ چِن تمام تر نظمن تہٕ شعری تخلیقن منز چھیٚہ شش رنگ اکھ نیرل شارٕ تخلیق یتھ کأشرِ موسیقیہ منز تہِ اکھ منفرد وجوٗد چھُ۔



# مانچھ تُلر

''مانچھ تُلر'' چھےٚ رحمان ڈارٕنی بیٚاکھ مشہوٗر نظم۔ نظمہِ منٛز چھِ ژور بیٚون بیٚون کردار۔ مانچھ تُلر، مچھہٕ تہٕ مانچھ گٔن چھِ پننٛی بیٚون بیٚون خصلتھ تہٕ حالتھ بیان کران۔ ژوٗرِم کردار چھُ راٗوی یا وٕنوس شاعر۔ کردارن ہندی مکالمہٕ چھِنہٕ براہ راست سوال تہٕ جواب ٹٔوی یِیٚوٚ ہندی ٹُکرٕ کہِ چھُ سارنٕے مکالمن پیٹھ راٗوی سُند کردار وحاطہٕ گٔرِتھ باسان تہٕ باقٕے کردار چھُ تِمی سُندے نوکتے نظر بیان کران یا تھ پوٗشنے کران تہٕ اٚسِتھ تہٕ چھےٚ کاٚشر نظمہِ منٛز بیٚون بیٚون کردارن ہنٛزٕ زبٲنۍ مکالمہٕ بیان کرنٕچ یہ گوڈنٕچ مثال۔ مابٲقٕے کاٚشرِ بن صوٗفی شاعرن ہندی پاٚٹھۍ چھےٚ رحمان ڈارٕنی تہِ یہ کوٗشش زِٕنہٕ کرِ ہے تصوفکۍ اٚدِلۍ نوکتہٕ شارٕکس رٔنکس منٛز پیش۔ یِمن شاعرن نِشہِ چھُ لطیف اندازٕ ترسیل کاٚفی اہمیت تھاوان عقل، روح تہٕ نفس تہٕ یِہنٛزٕ حقیقت چھےٚ بیٚون۔یوٚن طریقو صوٗفی شاعرو بیان گٔرہو تہٕ رحمان ڈارن چھِ اِمہِ خاطرٕ ترٛے تمثیلی کردار پیش گٔرۍ ہِتۍ۔ مگر یُہ چھُ نظمہِ منٛز یِہندی علامتی ماننہِ واضح گٔرِتھ تتھ ابہامس دوٗر کران۔ یِمہِ کِنۍ نظمہِ مانٛکۍ زیادٕ وسیع امکان باگہِ ہیکہٕ ہٲن۔تھ۔

روٗح گو مانچھ گٔن فکر گٔیہ تٕلر، مچھ گٔیہ نفس امارے

سرٕہ کینہٕ سپدُم نہٕ سرگشتہٕ لگۍ مو، یِہ سرٕ بہٕ دِنہٕ کس

انسان چھُ دنیاہس پیٹھ قودرتُک اعلا ترین تخلیق۔ انسانس چھُ اشرف
المخلوقات آسنُک درجہ حاصِل تہٕ یہ درجہ چھُ تس عقلہٕ یا فکرِ کِنی حاصِل سپدمُت۔
رۄح سپد انسان مُرس منز داخل مگر تس آو نفس تہٕ ستی تھاونہٕ۔ غار مطمئن نفس یا
نفس امار ہیکہِ سہ پننہِ بترِ مطابق تہٕ عقلہٕ کنی قوبوٚہس منز تھاوِتھ۔ پننہٕ فکرٕ ستی ہیکہِ سہ
پنُن اوندپوٚک پرٛزِناوِتھ۔ مگر قودرتکی ساری اسرار تہٕ رموز زانۍنہٕ خاطرٕ چھےٚ انسانی
عقل ناکافی۔ یتھہٕ کنی چھُ انسان اکہِ اندٕ عقلہٕ کنی بااختیار اَستھ تہٕ پننہٕ ناکافی
عقلی صلاحیو کنی بےبس تہٕ مجبور۔ پننی فکر چھےٚ تس کُنہ کُنہِ پننہِ کوتاہیہِ فکرٕ تہٕ تاران
یا کُنہ کُنہِ صوٚرٕ ژ منز گمراہ تہٕ کران۔ بقول شیخ العالمؒ۔

عقل تہٕ فکر تور کوٚت سوزکھ
کُمی مالہِ چیتھ ہیوٚک سہ ژرکی یاد

زیر بحث نظمہِ منز چھےٚ مانچھ تُلر، یتھ شاعرن فکر چھُ وونُمت پنُن گدرُن بیان
کران۔ فکر ہُند آزاد وجوٗد تسلیم کرِتھ تہٕ زندگی بال بچھِ لاگنہٕ خاطرٕ فکر ہنز تگ وِدو
چھےٚ چھیکرس لاحاصل ثابت سپدان تہٕ سو چھےٚ یہ وَنس پیٹھ مجبوٗر سپدان۔

یاوٕنی دوہ کوٚتےٕ گام تم بالٕکی ییے پھیرس ہر بندرے
سرٕ کینٛہہ سپدُم نہٕ سرگشتہٕ لگی موبو سرٕ رہ بۍ دنہٕ کس

امہِ صورتحالُک سارِوے کھوتہٕ اذیت ناک پہلو چھُ یہ زِ فکرٕ چھُ پننہِ کوتاہیہ
ہُند احساس تمہِ ساتہٕ سپدان ییلہِ سو پننہِ نس انتہاہس چھےٚ واتان تہٕ اورتانی واتنس
دوران چھِ تمہِ باقےٕ عناصر تہٕ پانس تابع تھاوِدِ متی آسان تہٕ پننہٕ لاحاصِل
کوٚششہِ منز چھِن سوٗرے کینٛہہ داوس آسان لوگمت۔ تس چھُنہٕ صرف یہ احساس

تلواس ٹلان زٹس سپد نہ کینہہ حاصل ہُد کہ ہتہ زاتھ منزلس تاں واتان راوروو تمہ ہلن سوزے اوقات۔ مانچھ ٹلر نظمہ ہندس گوڈنکس بندس منز یم مکالمہ ٹلرِ ہنز زیو بیان چھِ کرنہ آمتی تمن ہند مخاطب چھیہ سو پانے۔ ٹلر یا فکر چھنے پننہ آدنہ پٹھ پننہ نس ساری سے کراوی ہتس سام ہوان۔ باغن، وَن، چمن غرض پرتھ طرفہ ویژ رتہ خوشبوے حاصل کرنہ پتہ ییلہ سو اُڈر پینہ پننہ نس مقامس یا تھکہ جایہ مانچھ گنس منز واتان چھنے۔ تس چھُ پننہ لو کچاررا وکٹ یالا حاصل تگ دو ہندس بے ماتس پٹھ افسوس سپدان تِکیاز، یُس مُچھر تہ مدر بر تمس اتھ جایہ حاصل چھُ سپدان سوے چھنے تمہ نیبرِ م تہ حقیقت۔ تس چھُ یہ احساس گنان زِ سو یہ کیفو ھاوُ مرِ ژھانڈان روز تیچ حقیقت تیچ نہ تس آدنے ژہترِ نی۔ چنانچہ ہیِنس جایہ چھُ رحمان ڈارونان۔

سأری مطلب نشہِ چھِ پانس حبس کونہ چھی واتان
تہ لل دیدِ نشہِ چھُ ہتس گھس گنے جواب۔

گورن وونم گُنے وژُن
نیبرِ دوپنم اندر اژُن

نظمہ ہُند دوییم بند چھُ ''مچھ'' کردار ہنزِ زیوِ بیان سپد مُت۔ اُمس کردارس چھُ بروٹہہ کُن شاعرن نفس امارہ ماننہِ دِژمت۔ مُچھ چھنے پننہِ خصلو واقف تہ تسنز عمل چھنے تمی بندہِ ارادِ مطابق۔ تسندِ وننہ کنی چھنے دُنیا ہس کی ہنزے رونق تِکیازِ یہ زاتھ تہ دُنیا تہ دُنیادا ر یہ چھنہِ ثبات چھ سأری امہِ کس لیہہ لاوس منز شامل سپد تھ امہِ منز لذت تلاش کران۔ مچھ ہُند زہر آلودِ ذات چھُ پرتھ کانسہِ منز پننہِ چھہہ تہ ہ

کیفیت پاؤد کران زِ ںہ چھُ دنیاتہٕ پنٕز حقیقت مُشرِتھ زالس منز ہمہٕ یوان۔ مُچھِ چھُ ییٚمہٕ گتھ ہُند اطمنان زِ تسنٛزٕ حسلو منز چھےٚ بیتھ زہر چ آلا یش یُس تس پرٛتھ ساعتہٕ خُمار ہوٚت چھُ تھاوان تہٕ پرٛتھ کانٛہہ تس کُن مأیِل چھُ سپدان۔ تہٕ یتھ کنۍ چھُ تس گنہٕ تکلیفہٕ روٚستےٚ پنُن غذا یا مطلب حاصِل سپدان۔ ییٚمہٕ خأطرٕ سو پنہٕ نِس پأوٕ کرن والی ہنزٕ شُکر گذار چھےٚ۔ یہ صوٗرتحال وُچھِتھ چھےٚ ٹلر وارے پریشان گوٚھان۔ پانس بروٚنہہ گنہٕ اکھ کم ظرف تہٕ کم ذات وجوٗد وُچھِتھ پھاپھلِتھ مُستیہ ہنٛزٕ حالتہٕ منز ڈیشِتھ چھےٚ سوو دلان۔

نظمہٕ ہُند ترٛ تیم تہٕ ژوٗرِم بند چھِ دُبارٕ مانچھ ٹلرٕ تہٕ مچھِ ہندی ترتیب وار خود کلأمی ہندی مکالمہٕ۔ مانچھ ٹلر چھےٚ ربتہٕ کالہِ پوٚشن تہٕ باغن ویٚرتلنس منز آورٕ روزان تہٕ ہرٕ دکالہِ یام سأری پوٚش برٕ چھِ گوٚھان تہٕ سو چھےٚ ہرٕدنہٕ ژھٹہٕ چھُکراونہٕ ینہٕ کہِ خوفہٕ ژوٗرِروٗ زِتھ قرار کرٕن یژھان مگر وقتچ ستم چھِنہٕ تس سو کھٕ روزنہٕ دِوان تہٕ تسنٛز زندگی تہٕ زندگیہ منز حاصِل کرنہٕ آمُت سرمایہ چھُ لوٗٹہٕ نہٕ یوان۔

ہستی وأ جنم مُستی گأ جنم، زأ جنس طمعہکہِ نارے
تس نے عار آو ییٚمہٕ سمسارے میون ہیوٗ گدریوکس

انسان چھُ مانچھ حاصِل کرنکہِ غرضہٕ ٹلر بن دِ ہ دِتھ مانچھ گنہٕ نبر ژٕلراونس پتھ مجبوٗر کران لہذا ییٚمہٕ خیالہٕ مانچھ ٹلرِ ویٚرسوٗ مبر وُمت اوس ںہ آونہ تس باعمل۔ تمس یتھ چیزٕس پتھ اختیار اوس باسان تمہِ نشہٕ پوٚتس زبردستی کنۍ دستبردار سپدٕن۔ رحمان ڈار چھُ ییہے کتھ بیٚنِس اکس نظمہٕ "تی چھس نکھہٕ والان" منز یتھہ کنۍ لکھان۔

تدبیر کران عُمر مالہ رأوِم تقدیر آم نو وَنے
یِی لأنِ لیوٗکھنم لوحِ محفوٗظس تی چھُس نکھہٕ والان

زیرِ بحث نظمہِ ہُند ژوٗرم بند چھُ تریٚیمہِ بندُک سیدِ سیوٚد جواب باسان چنانچہِ تریٚیمہِ ژٕ مستانہٕ ٹٲکر حالِ حأران سپدان چھےٚ تتھ چھنہٕ مُچھ بُتھےٕ وُچھان۔ تس چھُ پننہِ دلاوأری پیٹھ ناز۔ ونہٕ وُچھتھےٕ چھےٚ سو بیٚیس اندس پرواز کران پننہٕ نمن پرَن تہٕ پاین ہندِ کنی چھےٚ تیز رفتارٕ زکتہٕ کس بیٚیس اند دَونوان۔ تمس چھُ ہتھ زِ سالک، صأبر، ریٚش، درویش، پرہیزگار جانور تہٕ جاناوار غرض سارے زُوزأ ژ چھےٚ تس تأبین تہٕ کھوژان۔ یہ بوٗزِتھ چھےٚ مانچھ ٹٲکر لاجواب سپدان۔ گویا نفسس بروٗنہہ کنہِ چھنہٕ فِکر توبہٕ ونہٕ ورأے کہیٚنژ گرِتھ ہبکان۔ تتھس موقس پیٹھ چھےٚ علامہٕ اقبالنِس نظم "جبریل و ابلیس" ژٕتس پیوان۔ فرق چھےٚ یوٚہے زِ اقبالنہِ نظمہِ منز چھِ جبریل تہٕ ابلیس براہ راست اکھأکس مخأطب ییٚلہِ زن رحمان ڈارنہِ نظمہِ منز مخأطبانہٕ لہجہ ژھایہِ چھُ باسان۔ مچھہٕ تہٕ ٹٲکر ہند بو مکالمو پتہٕ چھِ نظمہِ منز بیٚیہ زٕ کردار بروٗنہہ گُن یوان یانے بذات خود رأوی یا شأعر تہٕ دوٚیم مانچھ گُن۔ شأعر سنٛز حٲثیت چھےٚ سوٗتر دھار سنٛز ہش یُس تمثیلہٕ بروٗنہہ گُن چھُ پکناوان۔ تہٕ مانچھ گُن چھُ بقول شأعر روٗح۔ شأعر سُند نوکتے نظر چھُ ما باقےٕ کردارن پیٹھ غأِلب، چنانچہِ نظمہِ ہندبن گوڈنکین پانٛژن بندن منز یُس أخری مصرٕ وٕ وجہِ رٕنگی استعمال چھُ کرنہٕ آمُت تہٕ الگ الگ کردارن ہندبن مکالمن سٍتی تھاونہٕ باوجوٗد چھےٚ شأعرن زأنِتھ مأنِتھ یہ کوٗشش کرمٕژ زِ وجہ مصرس منز بیان کرنہٕ آمو بُنیأدی کتھ یِیہ مانچھ ٹٲکرِ ہنٛز زیوِ بیان کرنہٕ۔ نظمہِ ہنٛز ہیٔت تہٕ مانیٚک ربط برقرار تھاونچہِ امہِ

کوٗشش۪ہ کٔنہ چھُ بیٚون بیٚون کردارن سٟتۍ وابستہٕ الگ الگ بندن منٛز اٰخری شعر بلکل الگ باسان۔ یتھ۪ہ کٔنہ چھُ راٰوی یمن سارنٕے کردارن ہنٛز سوچن تہٕ اے متعین کران۔ نفس امارٕ خاطرٕ مچھ ہنٛز علامت یِدوے معنیہ کس سطحس پیٚٹھ تہٕ خاص کٔرِتھ صوٗفیانہٕ باوٕژ منٛز برمحل چھےٚ باسان مگر نظمہِ منٛز مچھہِ ہُند دوٗیم مکالمہٕ تہٕ تتھ منٛز خاص پاٹھی تہٕ یم مصرٕ۔

پَرچھِم پارچوِ پاے پچھم سونہٕ ہندی ژ چھ میون رفتارے

چھنہِ پرن واٲلی ہندس ذیہنس منٛز موجوٗد (Prejudice) کنہٕ موقہٕ محل مناسب باسان۔ سُہ تہٕ تمہِ ساتہٕ ییلہِ نہٕ شاعرن وُنہ پننہِ علامژ ہندی مانہِ واضح چھِ کٔری ہتۍ آسان۔ نظمہِ ہند بوگوڈنکوٗ ژور و بند و پتہٕ چھِ ترتیب وار شاعر، مانچھ گن تہٕ پتہٕ دُبارٕ شاعر ہندی مکالمہٕ تہٕ بن بندن منٛز بیان کرنہٕ آمتۍ۔ اٰخری دوٚن بندن منٛز چھےٚ نہٕ ووجہِ مصرس ترتیب وار مانچھ گن یارٕ وٚس تہٕ شاعر راٰوی یا بذاتِ خود رحمان ڈارس سٟتۍ منسوٗب کٔرِتھ شعرن معنیٛچ برابری یوان۔ کٔلس پیٚٹھ ہکو یہِ وٕنِتھ زِ شاعر رحمان ڈارس نشہِ تہٕ چھُ باقی صوٗفی شاعرن ہندی پاٹھی خیال یا کتھ اہم تہٕ طرزِ اظہارس چھےٚ ثانوی اہمیت۔ نظمہِ منٛز پیش کرنہٕ آمتین تمثیلی کردارن ہندی مانہِ متعین کرنہٕ پتہٕ تہٕ چھُ صوٗفی شاعر رحمان ڈار پرن واٲلس یُس تہٕ نظرِ منٛز ساٲلِک چھُ اتھس تھٕتھ کٔرِتھ مانیہ کمن تمنٕے سرحدن کُن رہنماٲی کران یم سراسر صوٗفیانہٕ چھ



# تی چھَس نکھہٕ والان

'تی چھَس نکھہٕ والان' نظمہِ منٛز چھُ شاعر جبری تہٕ قدری مالِن دَلِ دِوان۔ شٔمن بندن پیٹھ مشتمل نظمہِ ہندس پرٛتھ بندس چھِ شےٚ شےٚ مصرٕ یمن منٛز شیٚم مصرٕ ووجُک چھُ۔ امہِ ہُر یمانہٕ چھُ نظمہِ ہُند گوڈنیک شارتہِ الگ پأٹھی مانہِ کَنہِ مکمل۔ یتھ ژٕ مصرعہ چھِ تہٕ امہِ کُے دوٚیم مصرٕ چھُ باقےٚ بندن ہُند ووج۔ نظمہِ منٛز چھُ تقدیر چہِ بالا دستیہ ہُند پھِری پھِری اظہار میلان۔ نظمہِ منٛز وۄتلِن وول کردار یٚیمہِ زندگیہ ہنٛز کتھ چھ کران تمیٚک ابتداتہٕ اند چھُ زندِگیہ متعلق عام تصورٕ نشہٕ مختلف۔ نظمہِ منٛز چھ سلوٗکچہِ وتہٕ ہندی تہٕ صوٗفی فلسفکی کینٛہہ اہم نوکتہٕ بیان کرنہٕ آمتی۔ روٗح، حیات' دُنیأوی سفرتہٕ اتھ ستی فردٕ سنٛز حقیقت وغأرٕ چھِ نظمہِ منٛز باونہٕ آمتی کینٛہہ اہم نوکتہٕ دلچسپ کتھ چھےٚ یہ زِ شاعر چھُ نظمہِ منٛز شٔمن جاین عاشقہٕ سندِ خأطرٕ مذکر صیغہٕ تہٕ ووجہٕ ہُر یمانہٕ ژوٚن جاین یانے کُل کہَن جاین مونث صیغہٕ ورتاوان باسان چھُ زِ شاعر چھُ نظمہِ منٛز وۄتلِن وألس کردارس دوٚن خاص تناظرن منٛز لرِ لوٚر پیش کران۔ اکھ سُہ کردار یُس انفرأدی حٲثیت چھےٚ تہٕ ستی یُس فردأ ستھ تہِ اکہِ الگ

منفرد سلسلک یا نظامُک اکھ اہم حصہٕ چھُ ۔ چنانچہٕ انسأنی زندگی چھےٚ بجایہِ خود اکھ سلسلہٕ یتھ اکھ باقاعدٕ ربط تہٕ ترتیب چھُ ۔ شأعر یتھ جایہ پأنس امہِ سلسلُک کانٛہہ حصہٕ زأنِتھ کتھ چھُ کران تہٕ چھُ نہٕ پننہِ خأطرٕ مذکر صیغہٕ ورتاوان تہٕ یٔتہٕ نہٕ بطورِ فرد پننہِ گدرنچ باوتھ چھُ کران تہٕ چھُ نہٕ پننہِ خأطرٕ مونث صیغہٕ ورتاوان ۔ نظمہِ منٛز ووتلن وول شعری کردار چھُ سیٚٹھاہ حساس آسنہٕ کٕنہٕ زندگیہ ہند بن ازلہٕ کھرٕ بن تہٕ نیایَن سنان ۔ تس چھُ دویہ طریقہٕ کرب وبتراوُن پیوان اکھ نہٕ کرب یُس کلہم زندگیہ پننہِ نس آسنس متعلق سوچنس پتھ آمادٕ چھُ کران تہٕ دویم نہٕ تیز تر احساس یُس بطورِ خاص شعری کردارس یا بذات خود شأعرس زندگیہ ہندبن ازلی مسلن متعلق سوچناوان چھُ ۔ نظمہِ ہُند دویم شار چھُ یمن دوشوٚنی صوٗرتحالن ہنٛز باوتھ کران ۔ چنانچہِ گوڈنکس مصرس منٛز یم خدشہِ تہٕ اندیشہِ شعری کردارٕ ہندس ذیٛہنس منٛز ووتلان چھِ تمن ہُند کرب تہٕ عذاب چھُ تس بطورِ فرد وبتراوُن پیوان تس چھُنہٕ تمن بے گرٕ ند سوالن ہنٛز جواب میلان یم تس پأنس تہٕ پأنس أندی پٔکی چیزن یا موجوٗداتن ہنٛز حقیقژ متعلق ووتلان چھِ تہٕ دویمس مصرس منٛز یٔتہٕ نہٕ یہ ونان چھُ زِ ''ابلیس پھوٚ رُم تہٕ لُدِتھ لوٗ رُم'' یمیُک عذاب ازتانٛی بٔ یانے کُلہم زندگی وبتراوان آلیس تہٕ یُس اکھ مستقل دود بٔنِتھ زندگی ستی پکوٗن چھُ ۔

شأعر چھُ اللہ تعالیٰ ہندبن ذأتی تہٕ صفأتی پہلووبن ستی ستی وحدت الوجوٗد کہِ فلسفکی کیٛہنہٕ أدلی نوکتہٕ تہِ بیان کران ۔ دویمس بندس منٛز چھےٚ انسان ہندِ بااختیار أستھ تہٕ تسنٛزِ مجبوٗریہ ہنٛز حالت بیان کرنہٕ آمٕژ ۔

فلسفُک اکھ عالم طالب علم ہرگاہ کُنہِ ذأتی طرفدأریہ کأم ہینہٕ روٗستے تہٕ یہ

زانہِ ورأیی زِ رحمان ڈار کمہِ فلسفک قأیل تہٕ ترجمان چھُ تمی ہنز سوچن ہُنز اکھ
ترتیب وار طریقہٕ سام ہیٚنہٕ ییٚنہٕ تس باسہٕ نہٕ چھُ تمہِ فلسفہٕ کہ مغولہ تہٕ نیران سٕتھ
پتہٕ وجوٗدی فلسفہٕ ناو پیو۔ سارےٚ فلسفہٕ دانن ہُند ماُنُن چھُ زِ یتھ کائنہ نوٗ فلسفہٕ
چھُ تیلہِ زاین لبان ییلہِ باقے سأری فلسفہٕ منسا وہٕ یا مُشراونہٕ ین یہ چھےٚ الگ
کتھ زِ کانٛہہ نوٗ خیال پربتھنہٕ خاطرِ چھِ پرأنی سأری باونہٕ آمتی خیال اکھ ماحول
تیار کران۔ یتھہ کنی کانٛہہ بنجر زمینہٕ ژُکل گوڈٕ جارٕ چھُ آسان پتہٕ یمس وتنی گاسہٕ
تہٕ زنڈ زوان تہٕ ہتہٕ واوِ ڈرک ین ہنٛزِ عملہِ پتہٕ تہٕ زنڈ دتہٕ گاسہٕ نعبہ یہ زمین صاف
گرِتھ اتھ پیٹھ نوٕی نوٕی فصل وو پداونہٕ چھِ ہبکان یتھ۔ رحمان ڈارنہٕ شاعری یہ ہُند
مطالعہٕ گرِتھ چھےٚ یہ کتھ واضح گوھان زِیدوے تمی کانٛہہ نوٗ فلسفہٕ بیان کوٚرنہٕ مگر
تمہِ باوجوٗد چھُ یہ پزر تہٕ ماُنُن پیوان زِ زندگیہ ہندین ازلی مسلن متعلق تمی ہندی
تجربہٕ چھِنہٕ پہہ أنی ہتی ہٕکی کہِ چھُ نہٕ گوڈٕ گوڈٕ سأری سے فلسفس انکاری ہُنتھ
کایناتکی سر زأنٛنی تہٕ پرکھاونی یژھان اتھ عملہ منٛز چھُ تس وٕلی وٕلی یہ احساس گنان
زِ عام انسانس بدس صلاحیوتہٕ جبس کامہِ لاگنہٕ تہٕ عقلی سطحس پیٹھ کایناتکی سر تہٕ راز
واشگاف سپدنی چھِنہٕ ممکن تہٕ اتھ ہتی ییتہٕ زِ عقلہِ تہٕ جبسن ہندی یاُتی وسیلہٕ چھِ
انسانس بہم یموٚ ستی تس پننی سأری منزل طے پیٚن کرنی۔ مجبوٗری ہنٛزِ اتھ حالتس منٛز
سوٗچ سوٗچ تہٕ کل گرِتھ آو تس اکھ کارگروٗل اتھ زِ یم وسیلہٕ تہٕ ہتھی یارتس بدس چھِ
تمن ہیٚنہٕ نہٕ نوِ اندازِ کاُم۔ انسأنی جبس روأیتی طریقو استعمال کرنہٕ بدلہٕ ہیکہِ
یمن زیادٕ بہتر کاُم ہینہٕ ییتھ۔ چنانچہِ زیرِ بحث نظمہِ منٛز چھُ شاعر کمہِ کھوتہٕ کم دون
جاین واضح پاٹھی پننہٕ نس مخاطبس (یوسہٕ تس پننی ذات ہیکہِ آسِتھ) یہ ونان زِ

حقیقت زانِنچ وتھ ہیکہِ بصارت کہو کھورو ؤپکتھ پُد راونہٕ ہیتھ۔

جبری تہٕ قدری مسلن پٹھ سوچنہٕ یا تقدیرِ چہ بالادستیہ ہُند قائیل سپدِتھ چھُ یہِ تاثرُ دوتلن اکھ لأزمی کتھاہ زِ انسان ہیٚہ یہ سوچُن زِ یتھ سألم کینٛہ تقدیرِ چہ کار سأزی رٕکنی باعمل چھُ یوان تیلہِ چھنہٕ عملہِ یا ذأتی کوشش کہنٛز اہمیت روزان۔ رالس تہٕ دوہس فکر ہینٛز چھُ تیٚلہِ لاحاصِل۔ یتھ سون شأعر رحمان ڈار کلہٕ پیٚٹھی پونٛ سأرن چھُ ونان۔ مگر یہ سأُلم سرِ کھرِ کرنہٕ پتہٕ چھُ نظمہِ منٛز پھِری پھِری دعوت عمل میلان۔ مثالے یِم مصرِ۔

قرض مٹہِ چھی فرض فرمان اِد کونہٕ چھکھ پالان
رحمت بخشنے چشمو پرٛزناو یوان کونہٕ چھے وَنے
چشمو کھورکڈ، تمہِ وتہٕ بروٹھہ پکھ پتھ أسی زبنہٕ پھیران
نفع چھُ دیدار وحاطہٕ منفاق مختس منٛزٕری واتان
وغأرِ

حال تہٕ مقام چھِ تصوفکی زِ خاص اصطلاح۔ حال چھُ تہِ یہ اورٕ عنایت سپدِ یا بخشنہٕ پیہ مقام چھِ تم منزل یِم پننہِ محنتہٕ ستی سألک پرٛاوان چھُ۔ تقریبن تمام صوفی سلسلن منٛز چھے مقام پرٛاون وأُلس سألکس قدر کرنہٕ یوان مگر یوٚت تأنی نہٕ حال طأری سپدِ کانہہ تہٕ بر واشگاف گوٚھن چھنہٕ ممکن۔ سلوکچہٕ وتہٕ پٹھ پکن وأُلس نظمہِ منٛز دوتلن وأُلس کردارس یُد وے پننہِ عملہٕ ستی واریہہ منزل طے چھِ سپدان مگر یہ زأنتھ زِ۔

نصیب دارن نادِتھ نوان بےنصیب تہٕ حأران

چھِیہٕ سأ لکہٕ ہنزٕ عمل مُنتشر سپدان۔ یتھ رحمان ڈار ییمہٕ اندازٕ بیان چھُ کران زِ۔

عقل آیم تمہٕ جایہٕ پھیر تہٕ زٕ کتھہٕ لٔجم گوڑھنے

یاونو بقول غالبؔ

ایمان مجھے روکے ہے جو کھینچے ہے مجھے کفر

کعبہ میرے پیچھے کلیسا مرے آگے

منتشر ذہنی ہنزٕ اتھ حالتس منز چھےٚ یہ حالہٕ چی ترٕوہ کفیت یوسہ سأ لکہٕ ہندس وۄجودس منز گنگراونہٕ چھےٚ آیوان زِ۔

تامتھ یۄزٕم سہ رب العالمین خالق چھُنہٕ کانسہٕ ترٛاوان

وقوفہٕ مۄجب بأ گی چھُ سہ بأ گران شرٛز کھۄت نازۄن کھینے

نظمہٕ منز چھےٚ سلوکچہٕ وتہٕ ہندبن کینٛژن منزلن یا مقامن ہنزٕ ناوہنہٕ ورأیی ذکر کرنہٕ آمژ۔ صۄفی وتہٕ منز بقا باللہ پرٛاونہٕ خأطرٕ چھِ فنافی الشیخ، فنافی الرسولؐ، تہٕ فنافی اللہ اہم مقام یوان۔ فکری سطحس پیٹھ چھُ نظمہٕ منز ارتقاونہٕ یوان تہٕ فلسفیانہٕ نوکتہٕ نظرٕ کٔنی مانیہ کینٛہہ مختلف گٔنہن وانتس ستی ستی چھِ لمہٕ وتہٕ ہندبن طألبن ستی ستی عام پران وألی تہٕ اتھ نظمہٕ حظ تُلِتھ ہیکان۔ صۄفی مجلسن تہٕ محفلن منز گوبنہٕ تہٕ اتھ پیٹھ بحث سپدنہٕ علاوٕ چھےٚ اتھ نظمہٕ ادبی اہمیت تہٕ۔ رحمان ڈارنین مشہوٗر نظمن منز یِدوے صۄفیانہٕ موضوع تہٕ مسلکچہٕ کتھہٕ بیان چھےٚ سپدیمژٕ تمہٕ باوجوٗد چھِنہٕ تِمی پننین تخلیقن منز تِتھی اصطلاح ورتأوی متی یِم عام پرن وألس سمجھ ہیکن نہٕ یتھ۔ تِمی ہندبن تخلیقن چھےٚ شۄزٕ تہٕ سہل زبان۔ پننین ہم عصرن برعکس چھِنہٕ تِمی زیادٕ تمثیل تہٕ ورتأوی متی۔ یِدوے تِمی کانٛہہ تلمیح پننہٕ

شأعریہ منز ورتو ومُت تہِ چھُ سُہ چھنہٕ زیادٕ اوِیوٚ دتہِ باسان۔ البتہٕ یہ گژھ چھےٚ ضرۄری زِ رحمان ڈارٕنین نظمن ہندی معنوی امکان چھِ مختلف سطحن ہندٕ بن پرٕن والین ہندی من رٔژنا وان تہٕ پرٔتھ کانٛہہ چھُ پننہِ برٕ یمو منٛز فأض تہٕ حَظہ حاصِل کران۔



## بأتۂ ژاأرو

# شش رنگ

آدنۂ پِکھنا چھَم لادن تے
سرہو وَنڈَے پادن ۔
مدنۂ أءسم چاأنی ودن تے
ازوات تم دَادن
یہ دود نرن مادَن تے
چھِم گوھان بژاأنتی نادن
منّیہ دبن چھپربو چانۂ قَصدَن تے
ملۂ بابن سادن

O

یاوَنۂ أءسس تن ناون تے
ھاوسۂ چھنۂ چھاوَن
کنیاہ ونۂ ءکتی گئے اتھ ھاون تے
یہ چھُ دُنیا تاوَن

بۂ چھس نہٖ وتراوَن تَے
تَس چھنہٖ کاتھہ تہٖ باوَن
ملہٖ وَن چھنیہ مےٗ تہٖ تَس، کھہٖ تزاوَن تَے
لُکھ چھہٖم مُوراوَن

O

وپَن چھس نہٖ میون لُکھ کیاہ دپَن تَے
تنہٖ چھس زہر ژاپَن
دَپن اُس سَس میۆنُے سپَن تَے
مثرٖ پیس دلال دپُن
کھوژان چھنہٖ پاپَن تَے
گأ جنس عُشقہٖ تاپَن
پُہپَن بۂ وأ جنس لأ جَنس ژھپن تَے
ژُری ہَس تعویزہ پَن

O

تھبکَن اُبس مخلوقن تَے
بألر بَے وألر دوٗرٖ گَن
رَوقَن مےٗ وَتھربو تھاویوم گَن تَے
یوٗرر ما آسم پکَن
وتَن موختہٖ اُبس چھکَن تَے
بوزوٗنہٖ بوز تھو گَن

تارکن ژھانجوم مژ مارگن تے
سونہٕ آسم شانگن

O

شامَن تہٕ صُحَن مےٚ چھ دشمَن تَے
کتھِ گٔر ہم کامن
پامَن لاٚجنس رَلِس دامَن تے
گیوٚلنم گُل عالمَن
دَلیس تَنہِ مُور جامَن تَے
تتھ چھمنہٕ روے سمَن
الَمن بہٕ کھاٚجنس چھمنہٕ ہمَن تے
کیٚاہ لیوٚکھنم قلمَن

O

سَتن زَرمن مےٚ چھُ ورتَن تَے
وٕصل چھُ ہَر ساتَن
جہتَن بہٕ مأرنس موسے آم چھتن تے
ژُنہِ چھم زاگان ہتَن
ہارِ دِل نیوٚم طوطن تَے
وارٕ وُچھہن صورتَن
حأرتن چھُ رحمان وول معرفتن تَے
شش رنگ وُونَن دفتَن.

# تی چھَس نکھہٕ والان

تدبیر کران عُمر مالہِ رأوِم تقدیر آم نووَنے
یِی لأژ لیٚو کھٕنم لوحِ محفوظس تی چھَس نکھہٕ والان

أنتھہٕ روس اندیشہٕ لِگِم یتھ پانس کُن نولوٚگُس یاپنے
ابلیس پھوٚرُم لُدِتھ لوٗرَنم تمہِ دادِ چھَس نو بلان

ژٕن گوم شسترس تمہِ کے بپہٕ ستۍ نوٗن زَن لوٚگُس گلنے
قودرَتہٕ پننے ظہوٗر ہوونم ڈیٚوٗ ٹھمَس نوٗر پژزلان

وصلکۍ جامہٕ چھِس پرِتھ پانس میلتھ چھُم ہنہٕ ہَنے
یِی لأژ لیٚو کھٕنم لوحِ محفوٗظس تی چھَس نکھہٕ والان

O

یِی وژام منہٕ نِشہٕ تی آم بامَل "انٔ" ہولوٚگُس دپَنے
ازلِنہٕ بازِنۍ گِمس تہٕ گُری زِکیاہ گس چھنہٕ ازل گیلان

ہر ذرٕ سپدُم سرٕ یتھ پانَس طاقت روٗدُم نہٕ تَنے
راتَس تہٕ دوہَس فِکر لُجم چھَس کلہٕ پیٚٹھ پوٗنٕ ساران

مَس گوس مُستیہ حسدس تہٕ طمہس مطلب وزام نو گُنے
یِی لٲنہِ لیۆکھنم لوح محفوظس تی چھس نکھہٕ والان

O

ژُہتھ تتہٕ آکھ قالو بلیٰ تھیکتھٕ وَتہٕ پکٕو نے
قرض مٹہٕ چھی فرض فرمان اِد کونہٕ چھکھ پالان
رحمت بخشنے چشمو پرزٕ ناو یِوان کونہٕ چھے وَنے
احاطہِ گُری تھےٕ چھے حیات النبیؐ تس زانَن عارِ فان
اُنتھِ روس وُچھے تمہِ وتہٕ لاران سُے زانہِ یَس حال بَنے
یِی لانہِ لیۆکھنم لوحِ محفوظس تی چھس نکھہٕ والان

O

کر کھے زیارتِ سرکارؐ ہردم ثابت روز شانکنے
چشمو کھور کڈ تمہِ وتہٕ بزوٕنہہ پکھ پَتھ اَسی زِنہٕ پھیران
وارِ پاُٹھی وُچھہن وجوٗدِ وحدت گٹہِ منز گاشا بَنے
نفع چھُ دیدار وحاطہِ منفاق مختس. مزوٗرک واتان
رحمت پنٕنی یَس گُرنے عطا کتھہِ ستی کتھہ خُدا بنے
یِی لانہِ لیۆکھنم لوح محفوظس تی چھس نکھہٕ والان

O

سلوٗکہٕ ستی یُس بنیٚ سیدی معرفت لگہِ بأگرِ نے
نصیب دارن نادِتھ نوان بے نصیب تتہٕ حأران

عقل آیم تمہِ جایہِ پھیرِتھ ژِ گَتھ لَجم گرٕھنَے

تامَتھ بوٗزم سٕہ رب العالمیٖن خاکٕلی چھنہٕ کانٛسہِ ترٛاوان

وقوفہٕ موٗجب آگ چھُ سٕہ بأگران شرٛز کھوٚت نازوٗن کھیٚنے

یِی لانہِ لیوٚکھنم لوح محفوٗظس تی چھَس نکھہٕ والان

O

ژوپأرِ دزٛایوس جمال چون وُچھنے کمالہٕ بَلے یاونٕے

تاونہٕ بازرَے اوقات رووُم أچھو ءستی گوس پکان

سمہِ رِکس سوٚ درس سخ پیوم پکنُے تَتھ چھنہٕ تھکہٕ جاے گُنے

ژلہٕ وِنہِ عُمرے پأز پَر پھُٹ موتمہِ دادِ چھس نو بلان

اشارٕ نےِ منٛز وون رحمانن ہشار گژھ بوز وِنے

یِی لأنٕ لیوٚکھنم لوح محفوٗظس تی چھَس نکھہٕ والان



# مانچھ تُلر

یاونٕز دوہ کۆتےٚ گآم تمِ بالِٕ یے پھیرس ہر بندرے
سرِ کیٚہنہٕ سَپدُم نہٕ سر گشتہٕ لگٕ مو ہۆ سَرِ بہٕ دنہِ گس

کُمن باغن بیٚہ گلشنن سۆمبریوم وۄر گوم بَرے
ثمر تُلی تُلی گوشن پھیرِس وۄر نیوٗم پرٛتھ پوشَس

موبہَ مو پھیرِس خوشبوژھاران سۆمبرُم مشک عنبرے
امربتہٕ سۆمبران شاہ پرلوٗسم وأژِس پرٛتھ عالمس

وتہِ وتہِ پھیر تھ کتہِ کنٕز آلیس ہیر بۆن دِوان نظرَ ے
مایہِ ہٕو وأژس پلنی شایَے سادہے مانچھ گنس

مانچھ کھوتہٕ مٔدریر چھے گتھ جنس چھُ کُنٕ عشقہٕ بازرے
سرِ کیٚہنہٕ سپدُم نہٕ سر گشتہٕ لگٕ مو ہۆ سرِ بہٕ ونہٕ کس



# مۂچھ

دُنیہس یتھےٖ زینت دژنم قُمتس چھم نہٕ شمارے
رۄمس شامس چینس مصرس پھیرس اسمانس

زہر آلۄد دِیہ ذات لُزنم ہرروزِ چھم خُمارے
ایذا رۄسُتے غذا لۄدنَم شُکرانہٕ تَس ذاتس

پٔتۍ چھم فکر یُنٹھی چھَم نظر ازلس چھَس خبردارے
عطا کۄرنم متاع لأنِس بوزتے کارِ مَنگس

مۂچھہِ ہنز مُستی بۄزِتھ مانچھرِ کھۄوان ہاہا کارَے
سرِ کینٛہ سپدُم نہٕ سرگشتہٕ لٔگی موہٕ سرِ بۓ ونہٕ کس



# مانچھ تُلر

میزان سپُدم زمستان بروٚنٹھی پیٚوم گُل گام، وۄ جارَے
لرزان أسس وَرزِنس واوس گُپتھ روزایَس
عُمرے اوسُم حاصل کوٚرمُت اصل کھو مزدارے
وأصل أسس پھٹنے شایے ۄُنی دِتھ ۄُنی رأونس
ہستی وأجم مُستی گأجنم زأجنَس طمِہکہ نارَے
تَس نے عار آو ییٚمہِ سمسارے میٚون ہیوٚ گدریوٚکس
موختار أسس پَنہِ نِس کارَس تھوونَم نہِ کانٛہہ اختیارے
سرکیٚہشہ سپُدم نہِ سرگشتہٕ لگو مو بوٚسرِ بہٕ وَنہِ کس



# مُچھ

گردِش میۄن چھی گرمی ہتی سردی چھُم ہتۍ نہٕ کارے
مردی ہۆز چھُم محر میتھا تھاہ لایہِ نا سٔدرس

پَرچھِم پارِ چوٚرِ پاے چھِم سونہٕ ہشدرۍ ژُچھ میۄن رفتارَے
خاۓلی چھُم ما کاںٛہہ ذٕرِ تھوومُت چھس پھیرہٕ ہو زگتس

ساۓلکن ،صاۓبرن، رێشن درویشن بیٚیہ یم پرہیز گارے
چھہٕ ندٕ، پۆندٕ یم در حرکت تِمن چھی میۄن وسوس

ماجرا بۆزِتھ پر ترٕ اۆدی ماںٛچھرِ پران استغفارے
سرٕ کیٚنہ سپدُم نہٕ سرگشتہٕ لگۍ موبۄ سرٕ بۓ ونہٕ کس



# رٲوی

مانچھ گَن تُلرِ بن وتان ڈُلیلا گُری وَے بُنیاد سَرے  
ڈُنٛ یہس اندر کم کم گنٛدر کھوژاے اتھ تاونس  
کیٛہنہ چھی رستگار پیوستہٕ تورٕکی کیٛہنہ گاٖمتی ششدرَے  
کیٛہنہ چھی ذرٕ ذرٕ غرق گاٖمتی صمٕ کس ڈُرکی یاوس  
رِندو معنہٕ بوٗز زندگی ترٛاوِتھ تورگن دِتھ موخصرے  
گوسانٛۍ ہٕنٛزِ یاسی، ترکی، خاکسٲرۍ ہوگر تے مولاویَس  
نصیحتھ بوٗزِتھ ووذ مانچھ تُلرے خصلتھ چھنہٕ اکھ ذرَے  
سرٕ کیٛہنہ سپدِم نہٕ سرگشتہٕ لُکو موبوٕ سرٕ بہٕ ونہٕ گس



# مانچھ گن

ڈُنی یہس اندر لچھ بۄ ذأ ژچھے پھہلتھ ذرٕ ذرے

ہفتاد مِلت اعلا ادنا رٕژ ہتی چھِم دَردس

جنتس منز اوس حضرت آدمؑ بادَم با خبرے

نسبت أسِم نہٕ منزأے ہتی کینہہ ماوۄتُس لتس

ابلیس میلتھ گندم کھیوُم کڈُنوُم نبرَے

منہٕ مُچھ گئیس چھی میأنی پیٹِس تنہٕ چھی تتھ حأرتس

رۄح گو مانچھ گن، فکر گیہ ٹکر مُچھ گیہ نفس امارے

سرٕ کینہہ سپدُم نہٕ سرگشتہٕ لگی موبوٗ سرٕ بۓ ونہٕ کس



# رأوی

سوُرے پأدِ گو از وجوٗدِ وحدت وحدانیتکہِ آگرے
أندرَے نیٚبرے گزبند آیہ سوران اَکےٚ کتھاچھیٚہ بَس

نوٗرِ کہِ پَرتوِ ہستی دُ ز کثرت طوٗرس روٗزِ ےنہِ ذَرے
سُہ کیٛاہ زانہِ یُس لمہِ نشہِ بےنصیب کیٛاہ تگہِ بوزُن تَس

سکندر آیاو ظلماتہِ اندرے لال ہیتھ بےشُمارَے
لالچ قدر لال شناس زانے حال بأوی زِنہِ طأبس

تحقیق کُرِتھ، رحمان ڈارِنۍ بوزوِنہِ بوز اِشارَے
سَرِ کیٚہنہ سَپدمُ نہِ سرگشتہِ لگیٚمو یوٗ سَرِ ہٕہ وَنہِ گس



# معرفت

صاحب دِلو یہ سرٕ کوٗرٕے وارٕ پٔژن پان

حاصِل کوٗرٕکھ اثبات وجوٗد واصِل گٔے یکسان

تحقیق کوٗرکھ واجب الوجود صحی کوٗرٕکھ عرفان

تگہِ بے پانس نِش پزٕ ناوُن اشارٕ بوٗزِتھ زان

پھوٗل گُلِ وحدت در مُلکِ وجوٗد افتابہٕ زن تابان

ظہوٗر تمہِ گٔے چھے در صفات ژوپأرٕ چھے پزٕلان

زٕنتھ دیُتنَے یتھ خاکدانس بینائی پأرٕ زان

سأری مطلب نشہِ چھی پانس حبس کونہٕ چھے واتان

کیٛہنہ چھی دیدے کیٛہنہ چھی شنیدے کیٛہنہ چھی پریشان

کیٛہنہ چھی ازحال گأمتی تہٕ پیٛمتی عکس کیٛہنہ لاران

یُس آسہِ محرم تتھ اسرارس ہم ناوو ہم نشان

پزٕتھ کٔنہِ گمانہٕ نشہِ آسہِ پیوٗمُت فی اللہ گوٗمُت فان

کتھا چھےٚ کٔنی وتھا چھےٚ نزدیک گواہ چھے فُرقان

فَثَمَّ وَجۡہُ اللہ بُتھ چھُ پانے ذراتہٕ کٔنی یکسان

شریعتہٕ چھےٚ پزٕتھ کنہِ فرق طریقتہٕ یکسان

حقیقتہٕ نشہِ عقل چھےٚ حاران معرفت وتان رحمان

# پڑ زِ نووُم سمسار

معرفتہِ موہِ ستی بادِل بیدار گوس پرزِ نووُم سمسار
چھتیوُم موے تام وہتہِ گوم لولہِ نار پڑ زِ نووُم سمسار
ژوپأرِ وُچھِتھ تحقیق کوٗرُم کانہہ چھنہِ وفادار
وُچھم پانس نشے اغیار خدا ہے چھُ نگہدار
تمنا چھم میلِم نا صاحب دلاسُے آسِہ زانٛی ہُند یار
بہٗ حال ونہِ ہس محرم رازس سُے بوزِ ہمم سرار
بُنیاد آدم چھے لانہایت دُنیا چھُ ناپایدار
شُنز یا گوھی تھےِ ووتُس بہٗ مطلب حدَ ولوٗ بمس نہِ تار
تیمی ییٚتہِ پرزُن سُے تتہِ فارغ لس چھنہِ کنٛیک بار
مَـــن کـــانَ ھٰذاہِ صَحیح چھُ فرقان باللہ چھم اقرار
سیرت وُچھان کوتاہ پوٚشُم فأنی گوس بیزار
پھنزارِ ژھانجوم لوابے ازل دردَس نہِ کانٛہہ اختیار
نفی تہِ اثبات دپُن تہِ بُڈن نئُن چھے دشوار
خیالِ خامَے نقش کھڈُن تتھ چھم استغفار
ناسوُتہِ نشے لوٚبُم سبٹھاہ ملکوُتہِ نَنہِ ازوار
جبرؤتہِ نشے باخبر رحمان ،لاہوُتہِ چھے مختار

# ݜُمی کیٔاہ ووٓئے میؤن؟

ݜُمی کیٔاہ ووٓئے میؤن روٹھم غُبار
ݜَکھِ وَس ملالہِ تڑاو میؤن بیے

بُنیادِ آدم زان بے وفا
ژھانڈان یارس بِنش یار نفع

چھِ ݜٹان آرِدی ہتی زانان گپھا
راوِران اخلاص پڑون بیے

مےٓ ہا یارِ لاجوم وفادار
ݜِبے ما آسَکھ پوٗرِزک یار

مےٓ گمانہِ اوسُم پِکھ ما بکار
مےٓ بڑیو تمنا چون بیے

آدأے رؤزبے نہِ اکھ دائے
ݜور پیٔارِ واݜَم پیٔارانے

عارِ رستہِ بے عارِ جانانے
کاݜِ زؤنہِ کاستم گرݜویے

آکاش لأگِتھ زوُگتھ ہَتن
سانہِ کنہِ ٹھُری کُمُی کُری نَے وتن
نخقہِ گن تھوُتھ لُوکہِ کتھَن
پھیران چھم آو لون یے

بۂ ہا یارٕ موُرس چاۓنٕ تعشوقن
سر آلنوُم چانِمن آلون
ہلہِ وِلہِ زار وۓنٕ رحمان ڈارن
ملہِ وَن کران ازل لون یے



# عشقٹن افسان چھپے ونان رحمان

ٹھڈے ہاٹھڈن دارے    لولہ نارن ہے زاٗ جنس
یم بکھر مشعبِ تہر    لاٸیم بے ڈطیر
جگرس نے کوزنم پارے    لولہ نارن ہے زاٗ جنس
ہمیں زن گاجنس    جوین بہ لا جنس
واٗ جنس منزی زمو آرے    لولہ نارن ہے زاٗ جنس
عشقٹن ہے کافر    ترد پرتھ دارِ بر
نعہ نے جھم وسان دارے    لولہ نارن ہے زاٗ جنس
عشقٹن ہے سہلاب    بے پرد بے حجاب
وصپس رذدم نہ دارے    لولہ نارن ہے زاٗ جنس
عشقٹن دود کنو بے    جلبہ جلبہ پیٹوم ہیئیے
کس نہ کودنیمہ سمسارے    لولہ نارن ہے زاٗ جنس
عشقٹن ٹٹار پیام    نارس نے سوار گوم
مجلس ہاذم نہ دارے    لولہ نارن ہے زاٗ جنس
عشقٹن ہے افسان    چھپے ونان رحمان
ہاذم گواں قعاد دارے    لولہ نارن ہے زاٗ جنس

# کتھن کمہِ سونہِ روݸٹ میݸن یار

ویٚسی یے یار کوِ زاگان چھم ہتَن — کتھَن کمہِ سونہِ روݸٹ میݸن یار
اُی سرونازَن خوٗبصوٗرتن — وَنہِ کس پھنڈِ، دل ہبتھ ژوٚلے
توہہ ماڈیوٗٹھوٗن مائژ چھَس اتھن — کتھَن کمہِ سونہِ روݸٹ میݸن ر
بہٗ چھوراُونِس عشقہِ معرفتن — مےٚ ءستی کیٔاہ چھٔن کوٚرمُت بے
نالہِ نےَ تیِٚم نالہِ ہے رَٹن — کتھَن کمہِ سونہِ روݸٹ میݸن یار
ریٚہہ چھَم گنڈہٕژ عشقہِ جہاتن — ؤہی ؤہی مأری مُندی مأرنَسے
بہٕ لتس پتہِ چھَس سُہ گَس پتَن — کتھَن کمہِ سونہِ روݸٹ میݸن یار
ؤنی چھَس دِوان لولہِ چَن وَتن — وُچھان کتہِ چھَس آسَن شاے
جاے چھَم گرٕ ہٕژ تہنڈی محبتن — کتھَن کمہِ سونہِ روݸٹ میݸن یار
اَدفر عطرے نأوِتھ چھَس تن — رنٛگہِ رنٛگہِ سامانہِ سۆژ گری مَسے
ہیٚہ تنِ چھاوِنا بیٚہ یوٗری انٛتن — کتھَن کمہِ سونہِ روݸٹ میݸن یار
گَس زانہِ کس کیٔاہ لیوٚ کھنے ذاتن — ازٕلنی اَچھر کأنسہِ ونہِ ماآے
رحمان ڈار چھے منز حأرتن — کتھَن کمہِ سونہِ روݸٹ میݸن یار

# جانانہ وُچھ ہر روے

پند بوز سپَد فسانہ　　جانانہ وُچھ ہر روے
تراو عقل لاگ نادانہ　　تمہِ ستی لبکھ موے موے
سر تراو ہر دُکانہ　　جانانہ وُچھ ہر روے
دوڈ شمع، آو پروانہ　　دون اِ گوو اکوے
ژھائنڈِتھ خانہ بہ خانہ　　جانانہ وُچھ ہر روے
معشوق خلوت خانہ　　لُچ عاشقن شووَے
عارِف تتہِ حارانہ　　جانانہ وُچھ ہر روے
بُلبُل گوو دیوانہ　　گُل نِے ہوان خوشبوے
گاہ چمن گاہ نیستانہ　　جانانہ وُچھ ہر روے
جو یہِ منز چھُ قطرِ پانہ　　قطرِ منزِ نیران جوے
سرِ کر رِندِ جہانہ　　جانانہ وُچھ ہر روے
پیر میانہِ شاہ جیلانہ　　چھُم دِلس سبٹھاہ آرزوے
لارِ ہے بہٗ بغداد پانہ　　جانانہ وُچھ ہر روے
رحمانہ کر سامانہ　　کورکن ژٕے فکر چھے
کُل من علیہا فانہ　　جانانہ وُچھ ہر روے

# چاٲنس بہٕ پانہٕ مَس تَے

مَس چیتھ خُمارس تے
چاٲنس بہٕ پانہٕ مَس تَے

دل چھے بوڑ سمندر
چھُس لال تہٕ موختہٕ اندر

دُر چھے منز صدفس تَے
چاٲنس بہٕ پانہٕ مَس تَے

دِل چھے عرش اعلا
تتھ منز چھُ حق تعالا

طواف کر کعبس تَے
چاٲنس بہٕ پانہٕ مَس تَے

ٹھرِ چھے پٹنی ژھایے
ژھلیہٕ چھےٚ دِلچ رایے

اَپنہٕ رٹھ دردستے
چاٲنس بہٕ پانہٕ مَس تَے

اَچھ وَٹھ تہٕ وُچھ کثرت
مُوراو تہٕ وُچھ وحدت

مول چھے تتھ وُچھنس تے
چاٲنس بہٕ پانہٕ مَس تَے

ترٲوِتھ چھُ زٲویٚل زال
ہیٚرِ بوٚن مالا مال

سٲری سےٚ یتھ عالس تَے
چاٲنس بہٕ پانہٕ مَس تَے

لال چھے در بازار
پرٛزناوِ بینادار

مول چھُس نِش طالبس تَے
چاٲنس بہٕ پانہٕ مَس تَے

رحمان چھُ انتظارس
پرٛاران چھُ دیدارس

درشُن چھُس چون بس تے
چاٲنس بہٕ پانہٕ مَس تے

# رحمانؔ ڈارس تمنا دڑاو

غم تڑاو فِکرن مڑ مو راو — بہار آو جانِ جانانٕے

وحدأنیتہٕ نشہِ وحدت دڑاو — بہارآو جانِ جانانٕے

والفجر صُبح صادق آو — گٹہٕ ژٕج گاش آو تابانٕے

وُچھ دُرِ وحدت، چشمہٕ مُوراو — بہار آو جانِ جانانٕے

نۄرِ نشہِ نۄرا پیدا دڑاو — احدس احمدؐ سپدیاو ناو

محمدؐ لاٚ گِتھ بازر دڑاو — بہار آو جانِ جانانٕے

کیاہ وُنس کیاہ دِپس کیاہ کرس ناو — جلوٕ گر دڑاو بے نشانٕے

بے رنگ رنگنٕے مڑ باگ ژاو — بہار آو جانِ جانانٕے

پپر سبزٕ وتے سر ووتھراو — فِکرن موگوھ ییمہٕ زمانے

امیری ،فقیری ،حیأتی پڑاو — بہار آو جانِ جانانٕے

بے بۄد سےٕ موکر پأراو — بۄد چھے سورٕے عیانٕے

نشہِ چھے پأنس پان پرزٕناو — بہار آو جانِ جانانٕے

مزرع الآخرتہٕ سونٹس ناو — زراعتہٕ کرٕہس سامانٕے

یِ گرَکھ تی سَرکھ تتھی کرکھ ناو — بہار آو جانِ جانانٕے

رحمانؔ ڈارس تمنا دڑاو — حمدا ربٕ العالمینٕے

یِ طمع اوس تے تی جمع آو — بہار آو جانِ جانانٕے

# پیمانۂ بہ ٔ چاؤنس

اُمُ ساقین موے خانۂ پیمانۂ بہٗ چاؤنس
دالدرنےِ دل جانۂ پیمانۂ بہٗ چاؤنس
بُرُ بُرُ چھِس موے خانۂ چوان لوُمُم رَس
کنۂ بؤزُ مےٚ افسانۂ پیمانۂ بہٗ چاؤنس
ڈیشو مےٚ جانانۂ مویہِ جام چھُم دردَس
خورشید ہم رِندلنۂ پیمانۂ بہٗ چاؤنس
ہم خانۂ در شبانۂ بیدار بہٗ گُرنس
حَے کوٚرنمو بیانۂ پیمانۂ بہٗ چاؤنس
سوٚ درس مژ دُردلنۂ دُردژاو نشہِ صدفس
وَس کھار دُرِ عرفانۂ پیمانۂ بہٗ چاؤنس
اکھ کعبہٕ بیٚیہ بُتخانۂ ہفتاد و دُو مِلتس
بیٛون بیٛون چھِس سامانۂ پیمانۂ بہٗ چاؤنس
شمہس پتھ پروانۂ گژھ اوس دِوان تس
پان زولنے رندلنۂ پیمانۂ بہٗ چاؤنس
رحمان، راحتِ جانۂ ہر سُو دُچھام تس
اَلآن گما کان پیمانۂ بہٗ چاؤنس

# سُہ کرِ پیے؟

لوسہِ ناوُنس اُمی مدنوارن     چھس ئہ پیاران سُہ کرِ پیے
غوصہِ کیٛاہ گوس وٚجنس امارن     چھس ئہ پیاران سُہ کرِ پیے
وٚچھتہِ کیٛاہ بنیٛو و پرہیز گارن     تَم چھِ صاحبو چانے ویرے
حیلہِ کٔری کٔری ژاے تَم مزارن     چھس ئہ پیاران سُہ کرِ پیے
اُمی اَزلن زوراوارن     ونہِ ازل کأنسہِ نو چھیٛے
کیٛاہ مےٚ لیٛو کھنم لانہِ عمن سپارن     چھس ئہ پیاران سُہ کرِ پیے
ڈالہِ نی نَم اُمی شاہسوارن     حالہِ اکہِ گوم لاسَن زِیے
مٔوت چھُ گومُت پنہِ عمن کارن     چھس ئہ پیاران سُہ کرِ پیے
پَشہِ پَشہِ چھم اوش چھس ہاران     اُری نہِ رنگ گوم شرٛاوَن ہَیے
نال وولنم کالہِ شہمارن     چھس ئہ پیاران سُہ کرِ پیے
باشہِ کرِنَم تازٕ لوکچارن     گوم نیرِتھ رسہِ زٕسیے
مٔولی میلہِ ناہمہِ ہَن دیٛارن     چھس ئہ پیاران سُہ کرِ پیے
زیادِ نور چھے نبہِ چن تارن     نٔورِ ظۂور عاشقن چھیٛے
رب چھُ رأضی شب بیدارن     چھس ئہ پیاران سُہ کرِ پیے
زار وٚنی نے رحمان ڈارن     دأدی لدنیٛ دیدار دِیے
کن مےٚ تھاوِناسو خنن اشارن     چھس ئہ پیاران سُہ کرِ پیے

# ولو معشوقہٕ جانانو

مےٚ نیوٗتھم ہوش آرامو     ولو معشوقہٕ جانانو
ژھنڈ یامکھ شہرتے گامو     ولو معشوقہٕ جانانو
پۄژ دزالیس کرٛانہِ کٕڈنم کل     گیم نالی چانٕی جاذکی ہانٛکل
پیٚیم مۆلی خنٛدٕ تےَ پامو     ولو معشوقہٕ جانانو
مُہم عشقُن چھُ مادستوٗر     سَتے وٗرکی شے کوٚرُم منظوٗر
کوژھلہٕ پأوِم سبٹھاہ سامو     ولو معشوقہٕ جانانو
نیٚندٕ رتے نیٚہہ کرٛیاےَ نوش     پچس چشمو دِلےَ از جوش
وَنے کس کیٛاہ بُتھ آمو     ولو معشوقہٕ جانانو
گرِس پھُلوابۍ حُسنن چانٕی     پیےَ ہتی گأجنس شنہٕ مانٕی
برِم ہَرٕ کھاسی چتہٕ دامو     ولو معشوقہٕ جانانو
برٕگ بُرگے بَرے گرٔتھس     یژھم زل زن بہٕ مُورأو تھس
سوٗنس دوٗرٕ رپرٕ مےٚ گوتژامو     ولو معشوقہٕ جانانو
ہمبَتھ مُلی موہر تے لالن     زلیخا چھس متیو پژارَن
پرٛیا دِل ہیتھ ژُلن گامو     ولو معشوقہٕ جانانو
غُنچے حُسنن مےٚ کڈنم کل     زِالفت خَس موژے یَس گُل
ژےٚ روس کیتھ سن مےٚ آرامو     ولو معشوقہٕ جانانو
نیٚمن نیرٕ بن نیستانن     پھوٚلے نوٗر چون گنبرٕ چھاوَن
بُستھ رحمان چھُ پیٹھ بامو     ولو معشوقہٕ جانانو

# نوِستان

مدنوارس بۂ پزارس سبزارس
نوِستان آو رنگ پھوٚلی نو بہارس
قُمری کستوٗر، کوتر انتظارس
کران اُسی نالہِ زاٗری لالہِ زارس
چھےٚ کیاہ تس کامرانی سروِ قدس
صفتھ بے حد چھی تس لاحدس
یُہ کُس سنہِ ہے مدَن ییے نہِ دَردس
تُمس کاتھہ طوطہِ واتی نہِ گُفتارس
چھُ مشہوٗر سروِ سمن عالمس
خشم چھس مست چشمِ بادمس
سوٗمبل چھِن بستہِ گرٕ ہتی زُلفِ خمس
ہران چھس کُمہِ شبنم روخسارس
رنگن منز رنگ چھُ کیاہ گُل آفتابس
تتےٚ رنگہِ بُلبُل منز اضطرابس

وَنے کیاہ عشقہٕ نیسے سہلابس
چھُ عشقن جوش دِتمت گُل انارس
بہٕ لاجنس آرِول زَن آمہٕ تاوس
سبٹھاہ چھم خارٕ دَردِل حال باوَس
بہٕ نے اکھ دانہٕ دۄربر وتراوس
بہٕ ہاوس گاٗم سوسن جامہٕ پارس
چھِوے یَس نیرِی پوشن ویٚزٕ ہنبس
ھُبان چھِس کار پُتِر پوش یاونس



# تیم کر یارِ جانانے؟

بہٕ وَتھرے ہی سِتر خانے　　تیم کر یارِ جانانے
چھُ دۆرن گژایہِ مارانے　　تیم کر یارِ جانانے
کنُک سونہٕ وَس اُچھن ہُند گاش　　ژولُم دِل ہیتھ کران چھُم پاش
قوال بۆمبر چھُ نالانے　　تیم کر یارِ جانانے
جنگلہٕ بۆزم پُری آلو　　وُچھم پژاٹھ سنگین تالَو
گُنُم دوگنیار گنبرؤ وانے　　تیم کر یارِ جانانے
وومیز حرفن تھۆتھ پیٹھ پاے　　اَشے وانے چھلأنی داے
الا آن چھے کما کانے　　تیم کر یارِ جانانے
اَتھن چھُس مأنز زبر لُجہٕو　　اولوالعباد رَتے رٔنجہٕو
وُچھتھ ڈُلی ہوشہِ مستانے　　تیم کر یارِ جانانے
تھرے پھۆلی گُل حیأتی چھاو　　وجۆد شہودیہ کثرت چھاو
بنکھ عأرِف یزدانے　　تیم کر یارِ جانانے
حیات سوئے نبیؐ سرور　　ہیٚرِ بونے بہٕ خود پرَوَر
سَرَے کرتن ژٕ عرفانے　　تیم کر یارِ جانانے

تہنڈے نوُرِ پھُلو سمسار — نیے نہرک وَن چمن بازار

رنگا رنگ باغ وبستانے — تیم کر یارِ جانائے

موُدُر معرفت ونان رحمانؔ — چھُ محبت بائَن سُے پاکوان

سُرِتھ لالے چھُ دیوانے — تیم کر یارِ جانائے



# متیٔو زؤنہِ گندونا

لایَے ناد پکھنا کؤنہِ  متیٔو زؤنہِ گندونا
تھزرَے پٹھ نظرا تڑاو  بازر وچھ ڑ تماشا
بازرَ پیتٔو تَے لکھ نا کؤنہِ  متیٔو زؤنہِ گندونا
ناگس سران کڑیوم ڑؤرِ  باغس ہی ڑ چھاوکھنا
لاگہَتھ شیرِ وچھتھ کؤنہِ  متیٔو زؤنہِ گندونا
پانس پانہِ جربم چؤنہِ  وچھنے دڑام سور عالم
گٹہِ ہنڑ شایہِ زؤن تا کؤنہِ  متیٔو زؤنہِ گندو نا
شمع دوٗڈ از پروانہِ  دزان گو ثمس سؤر
صمک نؤر شمع نا کؤنہِ  متیٔو زؤنہِ گندو نا
رنگری وان دِڑاَم جامہِ  ہتہِ سائسی رنگے چھِم
رنگر پیتٔو تہِ رنگ نا کؤنہِ  متیٔو زؤنہِ گندونا
بُنتھ آو رحمانس  عشقس پتہِ لاران دڑاو
عشق پیتٔو تہِ رحمان نہِ کؤنہِ  متیٔو زؤنہِ گندونا



# بال پڑارس عشقِ مُقام

زار میأنی ونتہٖ تس یارس — بال پڑارس عشقِ مُقام

سالہٖ یِیہ نا چھس انتظارس — بال پڑارس عشقِ مُقام

عشقہٖ نارس زورا وارَس — چھس نہٖ پوشان دِل چھم دزان

سوختہٖ کوٚرنم یتھ لوکچارس — بال پڑارس عشقِ مُقام

موٚت بُلبُل چھُ گُلزارس — گُلہٖ دادے نالہٖ دِوان

چھے ملہٖ وَن گُلس تے خارس — بال پڑارس عشقِ مُقام

أندی أندی ئہ پھیوٚرس کوہسارَس — وتہٖ وتہِ آم چأنی پأغام

کتھ سنا جایہِ بیوٚٹھ سبزارس — بال پڑارس عشقِ مُقام

یوٚت کیاہ روٗد ہستی خُمارس — چھس نہٖ زانان تہندی احکام

پانہٖ روٗزی نم پان نے مارَس — بال پڑارس عشقِ مُقام

سلسہٖ بُدی رنگ وُچھم سمسارس — بے رنگ وُچھم جانِ جانان

چھے أرزوے رحمان ڈارس — بال پڑارس عشقِ مُقام



# کتاب نامہٕ


بیربل کاچرو — مجموع التواریخ (قلمی نُسخہٕ) ترتیب ترجمہٕ تہٕ حاشیہٕ بشر بشیر

حسن شاہ کھویہامی — تاریخ حسن
ریسرچ ڈپارٹمنٹ جموں و کشمیر گورنمنٹ ۱۹۵۴ء

دیوان کرپارام — گلزارِ کشمیر لاہور ۱۸۷۱ء

عبدالاحد آزاد — کشمیری زبان اور شاعری
جموں و کشمیر اکادمی (دوییم ایڈیشن) ۱۹۸۳ء

پروفیسر محیالدین حاجنی — کأشر شأعری ساہتیہ اکادمی ۱۹۶۰ء

چمن لال چمن تہٕ بشیر اختر — ادحال نامہ کأشر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی ۱۹۷۹ء

امین کامل — صوفی شأعر
(۳ جلد) جموں و کشمیر کلچرل اکادمی ۱۹۶۴ء-۱۹۶۵ء

ناجی منور۔ شفیع شوق — کأشرِ ادبُک توأریخ۔ نوٚ کأشرِ ادبُک توأریخ
کأشر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی ۱۹۹۲ء

موتی لال ساقی — صوفی شأعری (۲ جلد) جموں و کشمیر کلچرل اکادمی ۱۹۸۵ء

آفاق عزیز — کلیاتِ شمس فقیر نُند ریشی کلچرل سوسائٹی سرینگر ۲۰۰۲ء

محفوظہ جان — شاہ قلندر (ساہتیہ اکادمی

مختلف شأعرن ہنٛز کیٚہنہٕ شارٕ بیاضہٕ تہٕ کُلیات

انہار (فایل)

شیرازہ (فایل)

سون ادب (فایل)